# گاموٕنزی پھیری پھیری

مصنف

محی الدین حاجنؔی

ترتیب وتالیف

عبدالاحد حاجنی

معاون

ابنِ محی الدین حاجنی

ناشر

احسن میموریل فاؤنڈیشن سوناواری، حاجن

# گاموئنزی پھیری پھیری

مصنف

محی الدین حاجنیؔ

ترتیب وتالیف

عبدالاحد حاجنی

معاون

ابنِ محی الدین حاجنی

ناشر

احسن میموریل فاؤنڈیشن سوناواری، حاجن

# گاموٗنزٕ پھیرٕ پھیرٕ

مُصنف

پروفیسر محی الدین حاجنؔی

ترتیب وترزٔین

عبدالاحد حاجنؔی

معاون

اِبنِ محی الدین حاجنی

ناشِر

**احسن میموریل فائونڈیشن**

حاجن سوناواری

کتابہِ ہُنٛد ناو : ''گاموٗنٛزٕ پھپرٕ پھپرٕ''

مُصنف : پروفیسر محی الدین حاجنی

ترتیب وتزئین : عبدالاحد حاجنی

معاون اِبنِ پروفیسر محی الدین حاجنی

کمپیوٹر کتابت : عادل کمپیوٹرس، بر برشاہ سرینگر 7006356341#

سرورق : جمیل انصاری

چھپَن وٕری : ۲۰۲۲ء

تعداد : ۵۰۰

مول : ۱۵۱/روپیہِ

چھاپ خانہٕ : تاج پرنٹنگ سروس، دہلی

ناشر : ''احسن میموریل فاونڈیشن''

احسن آباد، حاجن سوناواری، کشمیر

کتاب میلنٛگ پتہٕ:

۳۔ کاشیانہ محی الدین حاجنی، جامع محلہ حاجن

۱۔ صدر دفتر احسن میموریل فاوٗنڈیشن، احسن آباد، حاجن سوناواری

۲۔ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ، لالچوک سرینگر

# فہرست

## گامہٕ بول چالہِ منٛز





# انتساب

اکہء نندنہِ

ناوء

# عرضِ ناشر

احسن میموریل فاونڈیشن چھُ پننِس پایہِ بڈِس مفکر، ادیب، دأنشور، قداوارتہٕ معروٗف لسأنی تحریکہِ ہٕنٛدِس علمبردارٕ سٕنٛزِ سُہ موٗلِج لُکہٕ وِرٕثکہِ حوالہٕ گوڈنِچ کتاب ''گاموٗنٛزٕ پھیرِ پھیرِ'' دوبارٕ چھاپ کٔرِتھ پرٛن والیٚن برٛونٛہہ کُن تراونٛچ سعادت حأصل کران۔

یہِ چھِ اَکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ اَتھ کتابہِ چھےٚ کأشرِس لُکہٕ ادبَس اندر اَکہِ سنگِ میلچ حیثیت حأصل تہٕ نایاب آسنہٕ کِنۍ أسی سأنۍ سُکالرتہٕ بأقی لُکہٕ ادبس پرٛژھراوَن وألۍ أمِچ دستیأبی خأطرٕ بار بار استدعا کران۔ یہِ گَتھ چھِ ضروٗری دأیراوٕنۍ زِ مرحوٗم مغفوٗر پروفیسر محی الدین حاجنی صأبن أسی یہِ کتاب گوڈٕ وانہِ ''لُکہٕ رَس'' ناوس پیٹھ بازرتس آوٕمٕژ پتہٕ کم کاسہٕ

بدلاوٲنتھ آیہٕ دوبارٕ 1962ء یَس اندر ''گاموٗمنٛزی پھپرِی پھپرِی'' ناوٕ چھاپ کٔرِتھ پرٛن والین تام واتہٕ ناونہٕ۔

شکر الحمد للہ، ٲسی ہیٚکو یہٕ کتاب محترم محمد امین ابنِ محی الدین حاجنی صابنہٕ اتھہٕ واسہٕ توہہٕ تام واتہٕ ناوِتھ۔

۷؍جنوری ۲۰۲۲ء
احسن آباد

عبدالاحد حاجنی
سربراہ
احسن میموریل فاؤنڈیشن
حاجن سوناواری

# کأشرِ لوک ادبُک اَکھ خاکہٕ

یہِ مانہِ پزتھ اَکھاہ زِ کُنہِ قومُک ادب چھُنہٕ أکی بیٚے انسانہٕ سِندِس شانس پیٹھ آسان، بلکہِ چھُ سُہ آسان تمہِ پوٗرِ قومُک اَکھ سُروُد سرمایہِ یُس پیرِ پتہ پیرِ ہُران چھُ۔ یوت أسی تأریخہِ کِبن ورقن پتھ پتھ پھیوٗ رِ دِموتیوٗ ت چھِ اَسہِ ادبَس اندر اَکھ خاص حِصا بُتھہِ یِوان۔ یُس لیٚکھنہٕ روٗستُے لُوکو چھُ ژیٚتس آسان تھوومُت۔ اَتھ حِصس اندر چھِ اَمہِ قومکی خواب تہٕ خیال یکہِ وٹہٕ رلہِ مِلہِ آسان۔ نثر أسی تَن یا نظم اَتھ اندر چھِ یِہندِ لسنہٕ بسنکی اِشارِ۔ یِہندِ بن ارمانن ہِندی نشانہٕ تہٕ یِہندِ بن خوابن ہِندی تعبیر بتھہِ کُنی وونتھ آسان تھأوِمتی زِ اَمِچ شکلِے چھِ ادبہِ کِبن بأقی قِسمَن نِشہِ اَلگ یِوان لبنہٕ۔ تہٕ اَتھ شکلہِ سَنان سَنان چھِ اَمہِ قومہٕ چہِ تأریخی ترقی یا تُزلُک پتاہ تہِ لگان تہٕ ادبہِ کس أتھی حِصس چھِ وَنان لوک ادب۔ یُس دُنیاہ کِبن قریب قریب سارِنے قومَن اندر اَکہِ نہٕ تہٕ بیکہِ رنگہٕ

موجوٗد چھُ رٕوٗدمت۔ موجوٗدٕ ے یوت نہٕ بٔلکہِ چھِ یہِ حأرتس لایق گتھ زِ

لوک ادبس اندر چھِ وارِیہن قومن ہُنٛد شعورا َکی وَتہِ پٔوکمت۔ توَے

چھُ یہِ تام وَننہِ یِوان زِ لوک ادبس اندر چھُ انسان پٔزی پأٹھی سارِنٕے

انسانٔن ستۍ رَلان تہٕ تفرقو وراَے تِی تِی وَنان یہِ پڑتھ کُنہِ مُلکُک اَکھ عام

اِنسان وینداں آسہِ ہے۔

اَمہِ گوڈٕ کتھہِ پتہٕ ییٚلہِ أسی کٔشیرِ ہُنٛد لوک ادب چھِ وُچھنہِ

لگان، اَتہِ چھِ أسی کینٛہہ خاص تڑ ایہِ لَبان یم سبٹھال کال گرٛژھتھ تہِ چھِ

دوہہِ کھوتہِ دوہہِ نوٲنی روزمژ۔ مثلَن اگر أسی نیلہ مت پرانٕک کانٛہہ

قِصا یا تأریخی عہدُک کانٛہہ رومان (مثلَن ہیہ مال ناگراے) نمو، أسی

چھِ یہِ وُچھان زِسون شعور چھِ ظأہر کھوتہِ باطنس جادٕ ے پتہٕ لٔوگمت تہٕ

باطنی عقیدٕ کہِ برکتہٕ چھِ سائنس لوک ادبس اندر گرادیوامالا تہِ فلسفہٕ، گرا

جود تہٕ قیافہ تتھہِ کٔنی ورتاونہٕ آمتۍ یتھ زَن انسان یاتے دوہے جوان چھِ

روزان یا مٔری مٔری چھِ زنٛدٕ سپدان۔ یتہِ نٔے توتہِ چھِ قدرتی منظرن اندر

اَکھ زِنٛدٕ روح وُچھان۔ یُس زَن تہِ سانی روحُک اَکھ حِصہ چھ۔ تتھَے

پأٹھی زِچھَن کتھَن اندر بأتھ اَنٛی تہِ چھِ سانہِ لوک ادبُک اَکھ خاص

تیکنیک (مثلَن قِصہٕ شیخ صنعاء) یاوو پرمنظوم عشقیہ قصہ دلیلہٕ پأٹھی باوٕنی

(مثلَن گُل صنوبر دلیل ونان ونان۔ یِیٚتہِ کُنہِ کانْہہ بوٚڈ ناگا یا سرا (مثلَن نیلہ ناگ، کونسر ناگ یا شیش ناگ بیترِ ) چھِ یا یِیٚتہِ کُنہِ کانْہہ مشہوٗر بالا (مثلَن ہرموکھ، مہادیو، ہاری پربت بیترِ ) چھِ تتہِ چھِ اَسہِ یمَن ستی اَکھ نتہٕ اَکھ قِصہٕ لَأرِتھ تھووُمُت ییمہِ کہِ تصدیقہِ خأطرٕ پرانہِ وقتہٕ صرف یُٹُوی یوت کافی ثبوت اوس زِ ہند دھرمن یا بدھ مذہبن اوس اَتھ قصس بطور تمثیل اجازت دِتمُت۔ پنداہمہِ صدی پتہٕ یِیلہِ کٲشرِ اسلام ووت۔ اَتھ ''قصہِ خوانی'' گیہِ وارِیاہ کمی اماپوٚز باطنی تصور یا عقیدٕ رود چلہٕ وُنے۔ مثلَن قصہٕ ''اکہٕ نندن'' یُس نفس کشی ہُنٛد اَکھ مثألی قصّا چھُ۔ یہِ چھُ وُنیوٚک تام تھ چلہٕ وُنے روٗدمُت۔ یا ہیہ مال تہٕ ناگرائے ہُنٛد قصہ یُس اَزتہِ چھُ سانِبن گونہٕ ماتَن وبدا اکھ دیاوٕ ناوان۔

مسلمانن ہنٛدِس عہدس اندر پیوٚ ویٚیتہٕ کِس لوک ادبس ایرانُک سبٹھاہ رُت اثر۔ تہٕ سانہِ لوک شاعر ہیوٚت لیلیٰ مجنون تہٕ شیرین فرہادٕ ہنٛدِس نموٗنَس پیٹھ بڑ وُنہہ کاٗلکی بوٚمبرٕ تہٕ لولرٕ تہٕ پتھ کاٗلکی یوسف شاہ تہٕ حبہٕ خاتون مجازی عاشق معشوق بناوِمتی۔ اگر مغل یوٗنی کاٗشرِ زبان گال کھاتَس گژھِ ہے نہ ییم دونہٕ وَے عشقہٕ قصہٕ آسہٕ ہَن وارِیاہ کال بڑ وُنہہ سأنٛی تھٔدری ہی رومان بنیاٗمتی۔

ایرانی اثر پیوٚ آنی گیہِ سأئنس لوک ادبس اندر بڑ وٚنہِ کھوتہٕ جاۂ

''جِن'' پأۂ، وَنَن منٛز ''پُریہِ'' وُ جارَن منٛز ''دیوٚ'' سیلابی جایَن نِشہِ

''مُشر ان'' ڈینہ زمینس پیٹھ ''دلفہ'' تہٕ شینہٕ مأدٕنَن اندر ''بھرم راہ چوک''

پیتھے کنہِ اوس سأئنس لوک ادبس اندر پندأہمہِ صدی تام ''ہیلوکاپٹر'' سنٛز

کوم ''وُ ڑھہٕ پرِنگ'' دِوان۔ وُنی نِیہِ تُمی سنٛز جاے ''آ گر پچھنہِ''۔ بڑ وٚنہ

أسی سوٚدِ بریورتہٕ بوٚدِ بڑ یور۔ شےٚ رٕتھ رُوٚشتھ تمی وِزِ گتھ کران ییلہِ کأنسہِ

مُسأفرس وَتھ ہاوِنی أس آسان۔ وُنی آے خشکی پیٹھ حضرت خضرتہ

سمندرٕ منٛز حضرت الیاس وَتہٕ ہاوِکی تھاونہٕ۔ مگر کردار بدلاوان بدلاوان

تہٕ رٕوِدی کأشرِس فنکارس یہِ تلخ تجربہ یاد زِ سہ چھُ غلام۔ چنانچہ ''یکے

خان'' نأوی کتھ بناوان چھُ تُمی آرزو کوٚرمُت زِ سُتہِ آسیا تیتھ وقتا

ییلہِ جنگی سامانو رٕوٚستے کوٚشر تأزبٕٹی کان گرتھ بادشاہ بنہٕ۔۔۔

عام کأشر بوتھأوی پننی تجربہٕ پرٕ یرٕ ژھَن، محورن، کہاوژن تہٕ مثالَن

اندر زِیوٚ پیٹھ چلہٕ وِنی۔ یِمَن اندر تأریخی تلمیحن ہُنداکھ تیتھ بوٚڈ ذخیرٕ چھُ

یُتھ اکھ بڈ کتاب ہیکہِ بنِتھ۔ بے قل کتھَن ہندِ خأطرٕ کوٚرُکھ ''پیرٕ ڈار''

ہوی کردار پأدِتہٕ خشکی دنیاداری ہاونہٕ خأطرٕ ''جمہ نیایوٚ ک'' مگر یوٚ تامت

پأتھرُک تعلق چھِ یہِ لوٚگ صرف بھانڈن ہندِس اتھَس تل تہٕ اتھ سپٕز

سو پٔرٕ وِنی ناو أسی زانہتہ بُٹھِس ہیکہِ نہِ لگِتھ۔ البتہٕ زنانۆ تھوو اۆ گرِ تھۆ گرِ ''وَنہٕ وُن'' تہٕ ''روہ'' سأئنِس لوک ادبَس اندر چلہٕ وُنۍ (کاش یہِ ییہِ ہے جمع کرنہ!) تہٕ ترکأری کٕنَن واجو تھوو ''وُژن'' نأوی پٕنٛن ادب پأنٛس رِکیُت۔ اماپۆ زلٕڑی شٔہَن گٔری عاچ پٕزنمایندگی تہٕ اَسان اَسان وَنٛبن تمہٕ کتھہٕ یمَن اوترٕ تام جابر بغاوت ناو کرٕہَن۔ (سون یہِ سرمایہِ تہِ چھُو سوٗرے چھُکرِتھ بلکہِ رأوِتھ تہِ) أخرس پیٹھ چھِ سأئنس لوک ادبس اندر ذاکرن ہٕنٛز جماتھ روزان۔ یمو سأئنس ادبس اندر مرثیہِ تہٕ مسجع عبادت پیردرپیر زِنٛدٕ تھوو۔



ترٛبن زمانَن ہٕنٛدی ترٛے نموٗنہٕ:

لولہٕ کہِ وۄکھلہٕ وأنٛج پٕشِم — کوکل ژٕجم تہٕ روزٕس رَسے

بُزم تہٕ زأجم پأنٛس ژأشِم — کٕوزانہِ تۄہہِ ستی مَرِ کِنہٕ لَسے

(لل دید۔ ۱۴ر صدی)

أنٛدری زأجنَسے۔ تُندرس بہٕ لأجۍ نَسے — ماز گوم بھسہٕ بھُسے

چھُمنہٕ ہٕیوان ناو نسے

شین زَن گأجۍ نَسے۔ آرَن وأجۍ نَسے — جوین بہٕ لأجۍ نَسے

لَسہِ کمہٕ ہاو سے

(حبہٕ خوتون ۱۶؍ صدی)

کُکِلاہ أسس تھٔرِ اول پیران    سوٗنچھٕ وُزملہِ گنٛڈنم ریٚہہ

کیاہ گرِ رووُم سُہ ونہٕ نٔی پھیران    سوران چھُمنو آدنٛک سرٛیٚہہ

(ائزنہ مال۔ ۱۸؍ صدی)



# بہادر گنہ یُن ''اَکہ نندُن''

وَنن وۄل دَپان پَتھ کالہِ اوس سلابت نگر ناؤی وولرٕ چہِ جایہِ اَکھ شہر۔ یِیتہِ ''چکنادیگ'' ناؤی اَکھ پادشاہ اوس۔ رانہِ اوس ناو ''رتنہ ماتا''۔ یِیلہِ نہٕ یِمَن وارِیہَس کالس نیٚچو زاو یِمو کوٚر مندرس اندر روآیتھ وعدٕ زِ یُس شُر اَسہِ زیٚوِ سُہ تھاوون أسی بھگوانس رِکرِث۔ کینٛہہ کالا گُرِث ہتھ زاو یِمَن نیٚچو یَس یِمو ''اَکہِ نندُن'' ناو تھوٚو۔ تیتھے تیتھے یہِ بڈان گوٚو، تیتھے گوٚو یِمَن پنُن وعدٕ مُشتھ۔ یوٚ تام اَکہِ دوہہ یِمَن نِشہِ زنتہٕ پانہٕ بھگوان آو گوسأنی لارِگتھ۔ پادشاہ اوس اَمہِ وِزِ کوٚت تام دزٛ امُت تہٕ أمی جوگی وۄن ''رانہِ گُن ۔۔۔ مے دِیِو خأرِ اتھا۔

اِمہِ پتہٕ چھِ ونان ووستاد ''بہودر گنائی''

(۱)

پاک قدرت پاٗدِ گٗرنَم پانہٕ حق سُبحانی
جاپہِ جاپے ویہاتھ گٗرِتھ پرٕز ناٗوی تاو
نۄرِ پِنہٕ سنے پاٗدِ گٗرنَے کم درویش رحمانی
رژھ تٕمی ہٕشز چھِ پرٛتھ سیرس پرٛژھ آنی تاو
کھیٛپہِ چیٛپہِ نہ زیٛوِ مَرِ نہٕ سوچھ بٗڈ حیرانی
پاٗدِ کۆرنَے سور عالم کانپہ وُنُوی راو [1]
تارِ سُے تہٕ مارِ سُے گَرِ سمسارَس فانی
سائیں لاٗگِتھ یورُ وُچھنَے پانہٕ گۆوسأنی آو



(۲)

جٹ پور تٕمی بابہٕ گو سأنی سنیاس تٕمی لوگُوی
تنہِ پورن خاصہ مُسلا توٚگ یہِ کأنسے ماو؟
اَتھِ ہیٛژنَے لۆٹِہ برأکی بتہٕ گَرِ تٕمی زوگُوی
ہنگہ بسما جۄگی مۆل تہٕ بٕچھنہِ آنگن ژاو

[1] راو=رو=اکھتابہ یا دُنیا

دَیہِ ہِنڈِ لولہِ واتہِ مالیو مےٗ تہِ گُرتو بھوگُوی
سائیں لاٗرِگتھ یور وُچھنَے پانہٖ گو سائٔں آو

(۳)

تتہِ بٹہ نے کلہٖ وۆندنَس اتہِ روز سنیاسے
ناد لوے نَس وَتہٖ گتو پاد رَسے تھاو
توٚت وولنس بھتہ تھالا پھوٚت بُرتھِے پراسے
بوچھہِ لٔجیا ماٗدِ گوبیا پتہٖ واسے ژاو
مال گُرٖھیا مہرہ روپہ یے لال دِمَے خاصَے
سائیں لاٗرِگتھ یور وُچھنے پانہٖ گو سائٔں آو
جۆگی وۆتھُس:

(۴)

سانہِ ملکہٖ ہے دیار ڈولاں وتہٖ کترٖ یٖڑھ ننے
زانہ کھےتَے ہے بٹہ نٖی روپیہٖ پرٖنہِ مَے ہاو
سندھ پیران سانہِ ملکہٖ وندٖ شین شراوَنے
تھورٖ آیوس چانہِ دٖیشے مہرٖ زان تَے زاو[1]

[1] زاو=زو=سونگ مَل

سانہِ مُلکہ ہے لال ڈولاں آڑ بلہِ ترتھہ کنے

سائیں لاٰ ںِگتھ یور وُچھنے پانہِ گو سائُنی آو



رتنہ ماتا وژہس:

(۵)

کانچھ برے گیوٗہ تہٖ روبے مانچھ اَنے کھیٚنوٗی

لَسہ میانے درویشا غصہٖ میوٗنے ژاو

مچہِ وُلگ[1] کھِمہ تہٖ ہٗنڈی مارے ژوچہِ کرے ہیٚنوٗی

کالہِ کرے تاٰوی گاڈے ہالہِ ژِیوٗنم ناو

ژلیش لگی ماٰڑ گو بیادود تھاوے چیٚنوٗی

سائیں لاٰ ںِگتھ یور وُچھنے پانہِ گو سائُنی آو



(۶)

جُوگروٗ وٗتھس:

سانہِ مُلکہِ مانچھ گیوٗہ چے دوٗدِ وَسان کوٗئے

[1] دانیگ اَکھ قسم

کھیمہٕ چمے پراس ہیٚمے نہ میٚہ مَے لوسہ ناو

اَدِ بٹہٕ نی سرٛوگ گرٛھی دَیہٕ سُنٛد بَر لوٲے

تیٚلہِ منوش ماز دِتم گرِتھ شولَے کھیٚاو

ناٹہ گرٛھم اَکہ نندٕنے چھکھ گرن یَس لولہِ لوٲے

سائیں لاٗ گتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو



بٹنؠ وُزٕھس:

(۷)

لیُتھ کوٚر تھَم مالہِ جُوگیا یُتھ وَنُن کتھہٕ سہوٗ ی

زاف کوٚرتھَم سنیاسا عار اووُے ناو

کُن گوٚبُر میوٗن اکہٕ نٛدُن دُنیہُک چھم سُوٗ ی

ٹِکہٕ پھوٚل میوٗن اکہٕ نٛدُن لُکو ہووُ وی ماو

راہ چوک مُشران ماچھکھ منوش ماز کتھہٕ چھُوی

سائیں لاٗ گتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو

جوٚگر وٛتھُس:

(۸)

''یاد رُودُی نہ ہےَ بٹُنٛز اُورک پھرِتھ ژَلےَ''

تۂ یہِ وُنتھ ونان استاد ے

''ہرہ مول اَمہِ بٹہ ۂنٛدے برٕ تلے دژاو

بٹنہ پیوٚو وعدٕ یاد تۂ ے

بنداَن گرِتھ پھیرِتھ اوٗن نےَ وندُن ہیوٚتنس کلےَ

ستن کوربن پتو لاکن اکہِ نٔنٛدُن مےٚ زاو

دُہہ[1] ژھانڈَن ژٕے دِمہ نےَ بہٕہ ہےَ گوپالےَ

سائیں لاٗگتھ یور وُچھنے پانٕہ گو سأنی آو

یہِ وُنتھ دژایہِ بٹُنٛز اکہٕ نندُن ژھانڈِنہٕ۔ ژایہِ اٗکس گرس اندر لالہ پھوٚت ہیتھ۔ اَتھ گرس اٗسی ستھ نیچوٚی۔ تۂ دوٚپ نکھ:

''اَکہ نندُن چھُ گرٕ ھان ژاٹٕہ ہال۔ تس گوٚ ژھُم کاٗنہہ دودٕ بویا ستی۔ توہہِ چھُ دین پھُلے دِژٕمژ۔ مےٚ دِیتون اَکھ نیچوٚ''

یمو گرِس سٔتی ستوے پیش تۂ ژوٗرن اکھاہ خوش شکیل یَس ''شیوہ'' ناواس۔ یہِ پاٗنس ستی تُلن وِزِ دِتُن لالہ پھوٚت یمَن تۂ واٗژ

[1] گامہٕ

جوٗگس ژِشہِ تہٕ وَنان چھِ ووستاد:

(۹)

تتہِ بٹہٕ نے وتہِ پیٚٹھے ووپر نیٚچہِ وا ژونُوی
دۄپنہٕ جوٗگس مأری مۄنڈ مےٚ ''اکہٕ'' آنُوی ما
دأنہٕ کھوتےَ ووزٕلُوی بیٚیہِ ہیہِ کھوتہٕ چھُم پژینُوی
کۄژھ دِمہٕ ہے سنیاسیا گۄژھ یہِ کھیٚنُوی ما
زَنمہٕ زَنمہٕ اوس أمِس کرمہٕ گٹھُین لونُوی!
سائیں لأگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنٛ آو



جوٗگر وۄتھُس:

(۱۰)

ژِتھ مے ہیٚم بٹہ نی تہٕ ہنہٕ یزیم چونُوی
نظرائے دِکھ اکہٕ ننذَس حِل تہٕ وزرَ[1] ترٛاو
ژاٹہٕ ہائے وید پران گاٹہ چھُم خوشہ ونُوی
اکہِ نندن چون بٹہ نی زن چھِ پکہٕ وُن راو[2]

[1] ژھرٹہٕ ژھرٕ ٹھ۔ [2] آفتاب

اَز گوٚژُھم راہِ خدا ماز تُمٕ سُند کھینٛوٕی
سائیں لاَ گِتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سائٕ آو

بٹہ نہٕ گوٚو تسلی شیوس دوٗپُن گرشٕھ گو براگرِ۔ چون مول موج ہا اوس نصیبہٕ ووٗل۔ گرٕھی توسہ لالہ پھوترِہَن کھیٚتو عاشا کرِتھ۔ یہٕ بچور چھُ پوٚت واوِ ژلان زَن تہٕ پہٕلی ڈنڈٕ نشہِ موکہٕ لیاو۔ تہٕ بٹنٛی لجی پھُٹٕ ہتبو کوٹھو جوٗرِگس کُن وَننہِ:

(۱۱)

آ کاشہِ ووٗتھ کھوٚ یا تالہٕ کھوٚت کھوسو کاشہ باوتُم وارَے
موٗلی زُون مےٚ کمہِ زگہِ ہیٚنڈ چھُکھ ہے کولہٕ[۱] تارٕ کاو
رومہٕ آکھ کِنہٕ چین ماچینہٕ آکھ کِنہٕ پوٗر بہ شہارے
ناو پنہٕ نوٗی تہ سِر ونٛدِ گوٗی کھوٚندہٕ[۲] کارا باو
اکہٕ نندُن ستی دِمہٕ نَے وٕنی نہن گتھ شہارے!
سائیں لاَ گِتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سائٕ آوٕ
جوٗگی ووٗتھس:

۱ کولہ: تارک، ستارہ خاندان۔ ۲ کھوٚندہ: کارا: صاف......

(۱۲)

پتھ بڑ وٚہہ تہٕ دٕچھنہٕ کھوٕرۍ گرٕ پٔز بتھ جایہِ میوٗنوٗی

ہیٚرِ بوٚزِنَے ژوٚن بھوٚنَن پھیرٕ وُن چھُس واو

پوٗربہٕ پچھم وأمنہ دکھن تہ دُورِ لٔٹھہِ آسہ وُنوٗی

ژوٚن کوٚنجن ولہ ویرن تھوٚد چھِ میوٗنوٗی ناو

آس خیرات چوٚن منگنے سِر مَیہ کرتَم نوٚنوٗی

سائیں لأگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأئنی آو



بٹنہِ زوٚن ووٚنی چھُنہٕ کانٛہہ واراتہٕ دژ ایہِ اکہٕ نندٔنس ژاٹہٕ ہال نِنہٕ،

ووستاد وَنان:

(۱۳)

درایہِ پوترس وأنی[1] کران واجہِ نگینہ پسندو

باکھ دِتھ تَمہِ ناو لوٗیُس میانہِ لایا قو

ہٹہِ میانہِ کے مختہٕ ہارو ہرٕ کے باز بندو

یمٔنز[2] ہا چھےٚ لَمہ لَم تہٕ سر بہ وندَے نو

[1] ودان۔ [2] عزرائیل

ناوِ تہنڈے اَز بہ دِمہِ تھو چھکھ ژٕ یَسُنڈ بندو
سائیں لاَ ٔ گتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو
اکہ نندُن وۄتھُس ژٕ وَنتے مےٚ دلیل کیاہ چھِ؟ تہٕ ژےٚ کیاہ
گے؟ ماجہِ دۄپُس:

(۱۴)

جٕہ جو گیا زاگ ہتھ چھی گژہنہ ماتھاسہٕ شکلے
مانہٕ کھٔے تہٕ دُور ژلہٕ ہو میۆن ما لِینو
اکہٕ نندُن وۄتھُس:
ژلہ ہو تاے ہے موجی مایہٕ کھوٚر ما ولے
پِی آسے میانہِ اَزلے تِی مےٚ ژلّے نو
جَل نِتہٕ مےٚ جِیو گس نِش اِدِ دِل میونے بلے!
سائیں لاَ ٔ گتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو

(۱۵)

زون مَے سُوی اَمہِ کتھہِ کنز عالموک چھی عاشر
ژلہِ ما سُوی کلہ ونڈِہَس ژٕ مےٚ اوٚشُوی تژاو
تیُتھ نیزیم لَس بژۄنہہ کُن یُتھ آسہِ تَس خوشی

دأنؠ مے کر سأنؠ رنزٕ وُن میأنؠ آشی تژاو
تتھٕ مأرؠ زبم تَس بزٕ وٕنہٕ کنہٕ چھ ماران پوشی
سائیں لاٗ رِگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنؠ آو
پکان روٗ دؠ یم ماجہٕ پتھٕر ژاٹہٕ حالہ پیٹھٕ گرٕ گُن ۔ گرِ دژاو اکہٕ
نندُن مول تہٕ :

(۱۶)

داے[۱] کران ماجہٕ پتھٕر آے جوٗرِگس گنوٗی
بارٕ[۲] کوٚرہَے ترٛینہٕ وَیَو یارٕ رٔشنؠ تو
بوسہ کرؠ ہَس وانکہٕ پھلبن کرانکہٕ مازلس چھنوٗی
ریُن[۳] ہیٚت ہبس اڈٕ مازتَس بیوٚن بینُوی گو
نرِ رٔٹتھ دونہٕ وِیَو پروو جوٗرِگس گنوٗی
سائیں لاٗ رِگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنؠ آو



بٹنؠ وٕ ژرِھس:

اوٗن مے ہا اَکہ نندُن رٔن میأنے گرے

۱ مصلحت، ۲ اتفاق، ۳ ووٗ دُن

ہاُٹز وِنَہ[1] پیوم اکہِ نندَس سرے داو
مختہٕ ہارس داو ژھنیم دوکھ دأدی رِکتھہٕ زرے
غم گولیوم زَن بُڈ مے سمسارٕچ ناو
ژُور پھوٚرہم سنیاسِو دُور زِن یمہٕ گرے
سائیں لاُرِگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأئی آو



جوٚگی وؤتھُس:

(۱۸)

اوُش مےٚ تژاو ہے بٹہ نی کھَش کرِتس پانے
ناکھ[2] گرٕ ھی ماکھ[3] بگہ[4] تے شرٕاکھ اَنے ناو
دٕرِگتھ دٕلتھ دیگہِ لَدتَن چھٕلِتھ لِلہ[5] بانے
لِوتھ دانس ژارِ لاگُن پیوٚتھ بانے ناو[6]
کھبتھ چبتھ گرٕھہِ گرٕ پٔژن ہِنٛد تہٕ مُسلمانے[7]
سائیں لاُرِگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأئی آو



[1] پاُٹھی، [2] قبول، [3] مکھٕ، [4] تختہٕ، [5] لِلہ بانے وٹوٚٹھ، [6] چھل، [7] شاعرس پٔژن اثر

بٹنٔ وٲژہس:

کِتھہٕ ژٹہٕ بولولہ پوٗلس گلہٕ تہٕ گوڈبیہٕ ہٕژی

جوٗگی وؤتھ بٹس گن:

(۱۹)

دپتہ بتا بٹنہِ گنُوی زَن تہٕ میٚژی زاو

پھٔلہِ پھپھرٕ جتہٕ بہانےٚ مَرٕ دوہ یا رأژی

زِنٛدٕ واتَن نِشہِ مُژیے روزِ ہُمٕ ناو

بٹَن وؤن بٹنہِ گُن:

مارنَس وٲنی کیٛاہ چھِ تأرہی انہٕ نَس نِزِ پرژی

سائیں لاگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو



ووستادَ نان:

(۲۰)

جانہ[۱] میر ییٚلہِ کوٚ ڈکھ مارُن ڈیٛنڈ دِتھ پوُکھ پانے

ٹیٛک نا ٹھیوس اِدِ تتے ہیوٚک یہِ لرِتھ ناو[۲]

[۱] ٹوٗٹھ، [۲] نو

ماجہِ دپہ ہے ژھونڈ ژمی مول شڑا کھ اَتھہِ پانے
جوٗگی دَپان کھیوٚن واتے دأن پوٚش آمہٕ نیاو
پڑھہِ کنہِ رُود ہوٚٹ دأرِتھ ووٗش تہِ ژھنڈُن نے
سائیں لأرِتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو



(۲۱)

ماجہِ رچہِ نَس نَرِ زنگہٕ تارے مأکی ژوٗٹنس ہوٚٹوٗی
نالہ بیٚنہٕ وہی کوٚڈہَس تروٗٹ خونہٕ بوٚرتوٗی دراو
سور عالم گوکھ گوٚٹ تَل زمینے نوٚلوٗی
اَمہِ ویزے ژھوٚٹ عالم تہٕ اَکھ نالے نہ دراو
ماجہِ دوٗ پنس:
چھانگرِ گوہَم مختہ ہارا صورژ اعلی پٹھوٗی
سائیں لأرِتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو



جوٗگر ووٗتھس:

(۲۲)

ہے بٹۂ تۂ ہے بٹہ ئی ''ہرہ'' ییٚلہِ چھو ٹوٹھُوی
اَکہ نندُن لس دِتھ پتۂ تَمن ۂہ روٹھو ماو
دانہ مرژ نُونہ تیلہِ پانہ رٔتن میوٹھُوی
کونگۂ رونگۂ گیٚو مانٛچھۂ ینگہ میٹھٕی راو
یُتھنۂ ۂزی یُتھنۂ وُزی یُتھنۂ گرٛشی ٹیٹھُوی
سِیُن تہِ کھیٚمے نہ ٹُن تہِ کھیٚمے نۂ أنتھ لیٹھوی تھو
اِڑ کھبتھ چیتھ آبرویا دعاے خیرا زیُوٹھُوی
سائیں لاگتھ یور وُچھنے پانۂ گو سأنٛی آو
بٹٕنۂ وُژھِس:

(۲۳)

ژکتھۂ ژٹۂ یو اَکہ نندُنس ژرِ زنگۂ بیٚہہِ کلَے
ماز أمی سُنٛد ہانگول چھا ژکتھۂ دِمہٕ سو پاکھ
پوٚترٕ مازا ژکتھۂ ژہہ؟ تۂ ژہہ نتۂ ما ڈنگے
یٚیمہٕ رویے ہا جوگیا کمہِ جنگلے آکھ
دَیہِ پسنٛدی ناوی اَنہِ ئےَ تے گرِتھ وأنٛج سنگے

سائیں لاٗ گتھ یور وُچھنے پانۂ گو سائٗی آو



توٖ پتھ کُن ٹکُن تۂ لوٚ دُن دیگہِ دامہٕ ہنا چھیہِ نس تۂ اُنجی جوٗگس

وَننہِ:

ہے ژٕہما اکہِ نندُن؟ چھوٖ یا ی درویشو؟
اتھ نعمژ اہر[1] گرتم ؤٕنی مَہ مےٚ پشہ ناو!
ہُر[2] گرتھس لپکہِ ہٕندی ماشرئ ڈیشتھ کریشو
چھُپر[3] گیہِ یو اکہِ ننڈٕنی تہ کتھ دِیشس ژاو
ہُمژ ناگاہ اوس سوی ؤٕنی نا تا قیامت ڈیشو



جوٗگی وۄتھُس:

وٲر[4] مے کرہے بتہ ؤٕنی خیراتھ گے لوگُوی[5]
ٹھٹھلہِ پازتَن اَکہ نندُن تہٕ وَٹھلا بأگراو
حق ونہ یے گوڑٕ کرتےٚ اکہ نندنس بھوگُوی
اکہ نندُن چون بٹہ ؤٕنی ژھوگ پاٗرِتھ آو

[1] اہر: تیزی، [2] ہرہ: فلوا، [3] چھپُر: ......سُنز کل، [4] وار: تاٗر، [5] لوگُوی: دہہ

ناو لاے تَس شاد سپدَکھ اِ کُمی گس زدگوی

سائیں لاٰ گتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سائٕنی آو

بٹنٕ گیہِ ہے ولا۔ اماموٗ دمُت چھاواپس یِوان۔ ہتی دوٗ پُن ہے

پانہٕ ییٚتہِ یوت ژٕ مانان مانان گوکھتہِ مان تہٕ یہَن تہِ۔ بانہ پھوٚ تا اوٗ نُن تہٕ

چھولُن چھوٚ کُن۔ تھاوِن بانہٕ منڈٕلس منز بڑ ونٹھہٕ گنہِ۔ کوربن ستَن ہٕنٛدی

سَتھ۔ پانہٕ دوٗن بأژَن ہٕنٛدی زٕ۔ دایہِ ہُنٛد اَکھ۔ اکہ ننٛدُن اَکھ تہٕ جوٗ گی

سُنٛد اَکھ بانہٕ۔ یِم گیہِ باہ بانہٕ۔ تہٕ ترٛ ووٗن یہَن بانَن اکہِ ننٛدُن بأ گرِتھ۔

بھوگُن ژٕھنُن ہورٕگُن ڈُلہٕ۔ جوٗ گی دوٗ پُس کرکربکھ اکہ ننٛدَس۔ رتنہ ماتا

درایہِ دروازس پیٹھ تہٕ گٔرن کربکھ۔ تہٕ کرٛ بکھ کرأنی دِتَن جامن چاکھ تہٕ:

(۲۷)

باکھ دِتھ ماجہِ نادلوِیُس چاک دِتھ گرِ درایے

خیرات دِیُت مَکھ کتہٕ لبہٕ تھَو میانہِ لایاقو

پوشہ موٚت تَمہِ ڈیوٹھ ییوان خوش کأژاہ آیے

سون دِیہِ ہے سون چھکہِ ہے سون ہایےِ[1] کو

اِ جوٗ گیا کُنہِ ڈیوٹھن نہ گرِ یامَتھ ژایے

[1] ہایوٚک: یوٚ ڈتر کرِ پوٚترٕ وٕنی صرف گأری مینس لگان۔

سائیں لاَرِگتھ یور وُچھنے پانہٕ گو سأنٛی آو



کوربن چھ پزٕ یژھان جۆگی کۆت گۆو؟ یَمو دۆپ اَسہِ وُچھوی

نہٕ سُہ۔ دۆپ تِمہ اکہِ نِنٛد نہٕ ناٹے آسہٕ بأنٛس اندرشیرِ تھ تمہٕ کۆت گیہِ۔

دۆپ ہَس ژرٕ کیاہ پاتھَن (پراہ) چھُی گوٗمُت۔ ژٕ کیاہ چھکھ اٲمس

ووہہ ووہ کران۔ دۆپ تِمہ وُہ ہے گوتیِلہِ تِہنٛدِ ے پۆز اما پۆز کتھ چھِ

مے چھُ وُچھمُت زِ یِیلہِ اَسہِ اَکہٕ نِنٛدُن مور جۆگی رِیوتَس تالہِ پیٹھہٕ ژھوگ

ہٕکرٕ پِتھ۔ اٲمس تلۍ تَو توہی کلہٕ پوٗش تھۆد تہٕ اٲتی وُچھوَس ژھوگ چھُسہ

ہٕکرٕ پِتھ کِنہٕ نہٕ۔ یَمو وُچھ تہٕ اَتہِ لۆ بُکھ نہٕ ژھوگوی کُنہِ۔ ماجہِ دۆپکُھ بہٕ

چھَس بھگوانس برٛ وُنہہ کنہِ قسم کھوٚان زِ یہِ کینژ ھامے دوٚہَس کۆرتی چھُ

پۆز۔ توہی مأنٛی تَو یامتہٕ مأنٛی تَو!

## (۲۸)

زِ ے بأژ آسی تاب گریشان؟ خاب اَسہِ ماڈِیوٗٹھوی

ووش ترٛوُکھ زَن سۆرگا اَسہِ اَڈیوٹھوی گو

سُرہ وۆلتوٗی پانہ گو سأنٛی دُور گو کِنہٕ لِیوٗٹھوی

جتہٕ جۆگیا پزٕژھنہٕ رۆستے برَ ترٛپرِ تھ گو

سَنہِ ووٚنٛد کُوی قِصہٕ ووٚنٕمت بہوٚدُر گنہ ییٚن زِیوٚٹھوی

سائیں لاٗ گتھ یوٚر وُچھنے پانہٕ گو سأنی آو



نوٹ: یہٕ اوٚسُس بہَن وٕری یَن یہِ "اکہ نندُن" ژھانڈان، خدایہٕ سُند کرُن پتولوٚب مےٚ یہِ پٔنٕنی گامہٕ منٛزٕ نزدیک شاہ گنڈ غلام محمد آہنگرس نِشہِ یُس کٔشیرِ منٛز شاید گٔنے رأوی چھُ تیمی سانہِ ادٕبک یہِ کارنامہٕ فنا گژھنہٕ نِش بٔچر وو۔



# رازِ ہُونزٕ تہٕ کُکِل

حبہٕ خوتُونہِ وۄن یوسف شَہَس: بوز بو وَنے، کتھٕ کنہِ چھُ مردَس آسان پانس خطاتہٕ زنانہِ پیٚوان پیٚتہٕ رُن۔

دَپان پَتھ کالہِ اَسی ترٛے یار رازِ ہونٛز، راتہٕ موغُل تہٕ کاو۔ رازِ ہونٛزن وۄن پننہِ نبن یارَن مےٚ گژھہِ سوزنانہٕ ہٕنٛزی یوسہٕ پکہٕ نَس منٛز، بولہٕ باشِن منٛز تہٕ رنگس منٛز وُچھن وأرِلس دِل نیہٕ ڈٕہتھ۔ رازِ ہونٛز تہٕ کاو درائے تہٕ سبٹھاہ ژھونڈ دِتھ لبکھ کُکلِ یَس یم ترٛیٚنہٕ وَے صفت اَسی۔ رازِ ہونٛزس تہِ کھۄژ سو پسند تہٕ کوٚر رُکھ ٹھکہٕ ٹھکہٕ سان خانٛدر۔ کینٛہہ کال گژھتھ یِیٚلہِ ہرُ دووت کُکلہِ وۄن رازِ ہونٛزس۔ خبر ژٕ چھُیہِ بوزمُت بو چھُسنہٕ ہبکان کٲشیرِ ہیٚنٛد وَنٛدِ ژٲلِتھ تہٕ توَے چھُس بوگرم علاقس منٛز گژھان۔ مگر یُہُس پیٚیہِ مےٚ چانہِ باپتھ پیٚتی روزُن۔ رازِ ہونٛز گوٚ ووأمی ہنٛزِ وفادأری پیٹھ سبٹھاہ خوش۔ مگر وۄن نَس نہٕ کینٛہہ۔

ترٕ ہٕنٛدی کینٛہہ دوہہ ژاٗلتھ گیہ کُکلی کھٗسی۔ تیرٕ ژٕ جبس نیرٕ تھ۔
شکل بِگرے یِس تہٕ بول بوشِس گوس کجیرٕ تہٕ پکہٕ نَس منٛزٕ لنٛجر۔ رازٕ ہونٛزٕ
گوٚ واٗمی سُنٛد یہٕ حال وُچھِتھ پریشان۔ مگر یار وٕنُس کُکلہٕ چھُ وندٕ ترٕ
ستی پی گرٛھان۔ یہٕ بوزِتھ وٕنُس رازٕ ہونٛزن۔ "اچھا اگر ازٕ تہٕ ژٕ گرم
علاقَس واٗتتھ ہیکک تہٕ گرٛھ۔" کُکلہٕ زُون اگر نکار کرس خبر اٗتھی پیٹھ
ماگرٛھم ناراض تہٕ دزاِیہٕ۔ نیرنہٕ وِزِ وٕنُن نَس۔ "بہٕ واتے سونتھ پوٗ
ڈُنوی۔ یمَن دوہَن اگر مےٚ ژھانڈکھ تہٕ بہٕ آسے پٔنٛزی نارِ سُنٛد جہِ پھلے
چھاوان۔ اگر سونتھ نیرِتھ بہٕ یاد آیہٕ سے تیلہٕ آسے بہٕ لارس منٛز سُنٛدِ ہوا
چھوان۔ اگر رتہٕ کول نیرِتھ یوہے آشدَس یا کارٕتکس منٛز بوٚ یاد پییہٕ سے
تیلہٕ واٗتی زِ پانٛپر بو آسے تٔتی کونگہٕ پھلیہٕ منٛزی ژٕرے وٕنی دِوان۔ اَمہٕ پتہٕ
دزاِیہٕ سولوٗ نگ لوٗ نگ کران گرم علاقَس گُن۔

سونتھ واتٲنی لوگُن سخ رٕود۔ مگر کُکلی آیہٕ تہٕ سُنٛد جہِ پھلیہٕ وٕنی
دِوان دِوان لوٗبُن نہٕ رازٕ ہونٛزٕ گنے۔ سہٕ اوس پراران نَب گرٛھہِ صاف تہٕ
بونیرٕ۔ اکہِ دوہہ ییلہٕ رٕودھمیوٗ وہیوٗ، اٗمی تُل وُڈوتہٕ وُچھُن اٗکِس جایہٕ
تیر راٗچھ ہاگرن والہٕ واشہِ لاجہٕژ تہٕ والہٕ واشہِ برس اُکھ گگر لجہٕژ۔ گگُر
وُچھِتھ آو رازٕ ہونٛزَس عار تہٕ دِتُن جونٛٹ تہٕ تُجن والہٕ واٗشی ہیتھ گگر اٗکِس

کُلس پیٹھ۔ شِٹھے مڑٕ گگرِ کوٗ رُن پکھَن تل وُشنیر۔ تہٕ تَس یامتھ زُوہیوٗ

پھیوٗ رتہٕ سوٗ نٔج راز ٕ ہوٗنزَس شہپر تٔلی تٔلی پرٹُکنہِ۔ راز ٕ ہوٗنزَس گیہِ تہٕ توٚ تام خبر

یِوٚ تام اُمِس اَکِر زِنٔی مزوورَن چھگ کُر تہٕ اُمی ہیوٚت وُڈوترا وُن تہٕ

پیوٚ وپتھر۔ زِنٔی مزور آو تہٕ گرِ واتنا وِتھ لوٚ دُن ٹھپس۔ زنانہِ دوٗ پُن یہے چھُ

خوشہٕ وُن جانورا۔ بہٕ گرے نٔیبرِ مولوٗم یہِ چھا حلاک رِکنہٕ حرام۔ اوسے

حلال تیٚلہِ مارون۔ تِکیازِ اوّل چھنہ اَسہِ خبر یہِ کھیوٚان کیاہ چھ تہٕ بیٚیہ خبر

خوفہ مُوجب ماگرِ شِبس پھرٕ یٹھ تہٕ مَرِ۔ اوسے حرام تہٕ تراوون یلہِ۔ راز ٕ

ہوٗنزَن پرٕ ھی پہٕنز سکھرِ وُچھی تمی تڑ ووپننہِ اکہِ شہ پرٕ تلہٕ اَکھ لال۔ زِنٔی مُزور

یتھے واپس آو تہٕ وُچھُن ٹھپس منز زِٕ ژ تڑ اوان ٹھولا اَکھ سُہ پیوٚ واسمانہٕ

تَس رُود نہٕ یہِ یادِے زِ راز ٕ ہونز کیاہ چھُنہٕ حلالے۔ یہِ ''ٹھوٗل'' بازر

کُرِتھ آیہِ تَس ساسہٕ وادروپیہِ تہٕ زِنٔی مُزور بنیو وبوٚ ڈموہنیُو تہٕ لوٗگ راز ٕ

ہوٗنزَس زُووند نہٕ تہٕ تمِ نعمژ کھیاوناونہِ یم اُمِس کُنہِ بنہٕ ہَن نہٕ۔

ہُپارِ نٔج کُکلی جایہِ جایہِ پھیرتھ ژٔی دِنہِ۔ نہ اوس تَس کانہہ

وَنان سُہ کوٚت گوٚو، نہ اَسس پٔننی عقل پلان زِ سُہ واتنو وٹھپس منز۔ تمی

گگرِ یوسہٕ تمی موتہِ نِش بچاوتہٕ پرَن تل وُشہ ناو، تَس اوس کھیٚن چین تہِ

مُشِتھ گوٚمُت تہٕ آرام کرُن تہِ۔ راز ٕ ہونز تہٕ کاوٗسی یتھ فکرِ زِ خبر پادشاہ

بایہِ ژھانڈاُنی مارود پادشاہ تہٕ! مگر یمَن اوسنہٕ پوٗرٕ پاٹھی بیہان۔ دوہس
اوس نیران کاوتہٕ راتَس راتہٕ موغُل یمَن دون باژَن ژھانڈنہٕ۔ یوٗ تام
پوٗرٕ سونتھ تہٕ دژاو۔ اکہِ شامہِ ییلہِ کاوَن راتہٕ موغلَس نش یہِ شیچھی اٲنی زِ
مےٚ ہاوٗ چھ رازٕ ہونٛز فلاٲنی جایہِ پنجرس لٲدِتھ تہٕ تمی ہاوۄن نَم ژٕ پرُژھن یہِ
رِکتھ کُنی ہیکہِ ژٲلتھ۔ تہٕ یہِ شیچھی بوزِ اٲنی تژ وو راتہٕ موغلَن یڈ ہیوٚر کُن گُرِتھ
ڈانب۔ کاوس گوٚو خیال تیچھ خبر بوٗزِتھ گوٚو یہِ بے ہوش۔ سُہ آس نگھہِ۔
اورِ یور ڈُلہِ نوٗون۔ دِگہِ پوٚنشہِ دِژنَس۔ مگر راتہٕ موغُل رۆُدامی حالہِ۔
کاوس آیہِ پرٛژھ زِ دراصل گوٚو یہِ یارٕ سُند حالِ بد بوٗزِتھے رحمت حق۔ یہِ
گابریووتہٕ تجُن وُف تہٕ ووٗت صُبحے رازٕ ہونزِس نشہِ تہٕ وۄننَس "چانہِ
شیچھہِ ہُنٛد جواب وَننہٕ برٛونٛہہ ہَسہ برٛیوو چون وزیر راتہٕ موغُل۔" رازٕ
ہونزِن کوٚر "تقصیر! تقصیر!" سبٹھاہ تہٕ ووٗننَس "وولہٕ سَہ اجلس کیا
کرزِ۔ مگر تو تہِ تھاوِی زبم ژیادِ ے۔"

کاو دژاو اٲکتھ کُن تہٕ رازٕ ہونزِن تژ وو ڈانب۔ نو دوٗتی زِنی
مزورَن یامتھ یہِ وُچھ سُہ تہٕ تسنز زنانہٕ لجِ وَچھ ژیٹے گرنہٕ۔ رازٕ ہونز
کوٚڈ کھٹھیہٕ منزٕ تہٕ لکِس اتھَن پیٹھ للہٕ ناونہِ۔ مگر اٲمی مُژراوِنہٕ توٗت تام
اچھ یوتام نہٕ اٲمی تلِی ٹارِژلنَس وَتھ لٲب تہٕ تجُن وُف تہٕ اتہِ وُچھن پرٛ آمتی

تہٕ ژۆل۔ زِنٛی مزدوردوریوس پتے مگر کوٚت تہٕ کور۔ چھیکرس آوراز ہوٗنژس
اُمس پیٹھ عارتہٕ تژ ووٗنس پننہِ بیکہِ شہر اندرٕ بیا کھ لال۔ یُس لبتھ زِنٛی
مزدور ہمِ بنیو و۔ اوٚ تام اوس ریٚتہٕ کول تہٕ ژھوکہ نَس آمُت تہٕ کُکلی اُس
سبنٛدِ بٕٹھی بٕٹھی پھیرِی پھیرِی وباٗلی گمُت تہٕ دَجہٕ پتھ دجہِ ویدا کھ دِی دِی
ژھینِتھ پیمُت۔ راز ہوٗنژس اُسنہٕ یہِ پرٛژھے زِ کُکلی کیا آسہِ میانہِ موکھہٕ حالِ
حاٗران۔ لہٰذا ووت سیٚدٕے سُہ پنہٕ نِبن یارَن نِشہِ۔ اَتہٕ اوس کاوراتہٕ
موٗغلس ستی ژُواٗنی تہٕ تام ژاوراز ہوٗنز تہٕ ووٗنُن کاوَس۔ ''راتہٕ موٗغلن
ہیٚچھِ نووُس ئہٕ پننہِ عملہِ ستی سُہ ژھل یُس چاٗنس ٹاوٹاوس تل لگِتھ ژھلے روزِ
ہےنہٕ۔'' یہٕ وٗنِتھ کرٕ ناٗون صُلح تہٕ لگی کینژَن دوہَن شادِ گرنہِ۔ تہٕ تام پییہٕ
راز ہوٗنژس کُکلی یاد۔ سُہ دژاو یاربتھ گوڑ سٕنٛڈ جہٕ پھُلے وُچھنہِ۔ نہٕ وُچھِن
پھُلَے کُنہِ تہٕ نہ کُکلی۔ پتہٕ آیہِ لارتہٕ اَتہِ تہٕ لوٚبُن نہٕ کانٛہہ راتہٕ موٗغلن
ووٗنُس۔'' ووٗنی اَے کارتِک موکُلن ہیوٚتُن توہہِ کونہٕ یاد پیوٚ ان زِ اَز آسہِ
سوراز ہوٗنژس پانپرٕ کونگ پھُلیہٕ اندر پراران۔ یہٕ بوٗزِتھ درائے پانپرٕ گُن۔
اَتہٕ وُچھُکھ سوا کِس بیرٕ پیٹھ خستہٕ گرٕ ہتھ پیمُت۔ اُمس وٗدی وٗدی اُچھَن
گاش سوریُمُت۔ تہٕ کوٗٹھبن ہوش روومُت۔ یم دُورِ ڈیشاٗنی لوٚگ تَس
زُوہیوٚ پھیرنہِ۔ مگرراز ہوٗنزن یامَتھ سوا تھ حالَس اندروُچھی تَس پیٹھ ترٛس

پننہٕ بجایہ کھوٚت تس سَخ شرارت تہٕ خأر پاٹھ بڑ وٕنہی متیوس۔

''بہ کوٚر تھَس ژےٚ دربدر تہٕ خأر تہٕ پانہٕ بیٹھکھ کونٛگ پھٔلے چھاونہٕ۔''

گُکلہِ ہیٚژ ویوویتے یوت وَنُن زِ سونتہٕ پیٹھہٕ گوٚ وےٚ ژھانڈ أنی تہٕ تام لوٚگ راز ہونٛز جاےٕ تیز نہِ۔ اگر نہ راتہٕ موغُل منٛز پیٚیہِ ہے تہٕ کتھ وأ ژأیہِ ہور۔ نہ اوس راز ہونٛزیہِ مانان زِ کوٚتھن گر حماقت ییٚلہِ سو گر پَرن تَل وُشناٗوم یَس نہ چھُ احسان یادروزان نہ احسان کرَن وأ لِس زک دِنہٕ رؤس آرام یِوان۔ نہ اوس تَس یِہ تران فِکرِ وَرِی کوٚت ووت تہٕ گُکلہِ کیٚاہ کیٚاہ پتہ پییہِ سوٚنٛتس تہٕ ریٚتہٕ کاٗلس اندر۔ نہ اوٗسس اور کُن ظون زِ ہردٕ پتہٕ ماپییہِ أمس بییہِ سُے پرسِک حالِ بد۔ یارو پننہٕ نیو تہٕ ونیوس، گُکلہِ ہُند چھُنہٕ کانہہ قصور مگر سہ رُود توتہ، اوٕرکُے پران تہٕ یوٗرک نہ بوزان۔ یوٚتأی گُکلہِ بچارِ جوأنی منٛزے دِق وُزیاو تہٕ أمس ستی دژ ایٚس وُمر پٔنٛدی۔''

حبہ خوتوٗنہِ ہنٛز نِہِیہ دلیل بوٗزِتھ ووٗن نَس یوسف شاہِ ژگن یِہ تھوٚو تھ ژےٚ رازِ ہونٛزس ئلی توتہِ ماگنٛڈِتھ۔ بہ وَنےٚ ژےٚ پگاہ ہارِ ہنٛدی ''صفت''۔ ییمہِ اندرٕ ژٕ زانگھ پانٔے زنانہٕ کأژاہ ''وفادار'' چھےٚ آسان۔

بھرم دِتھ ژؤلمے ڈیوٗٹھُن نایے شمشاد قد زیبائے لولو

سنیاس لاٗ گتھ پتہٕ توٚرؠ نیرس وُچھہٕ ہَس پوٚت ژھایے لولو

گوم تنبہ لاٗ وِتھ ژؤل مےٚ تژ اُوِتھ کمہٕ سونہٕ دِتنس دایے لولو

کُس زانہٕ أندرِم بال دود باٗوِتھ تِم چھِم پنہٕ نے رایے لولو

(محموٗد گاٗمی)



# گامہٕ گیوٚن

نہایت پرانہِ وقتہٕ پیٹھہٕ چھُ سانیٚن گامن گیوٚنس کُن لَے اُسمٕژ
توَے چھِ سانیٚو پرانیٚو تہٕ نَیو گونہٕ ماتوَ تمِ تمِ باُتھ وُنی ؚتی۔ یِمن منٛز گامن
ہِیُندسورُے بٕژن تہٕ گدٕرُن لُسٕن تہٕ بسٕن وننہٕ آمٕت چھُ۔ پرٕانۍ تجربہٕ ییٚلہِ
پریٚتھ دوہہٕ سرِ گژھان چھِک تہٕ تِم چھِ گیوٚن لہِرِ منٛز پٔژن تجربہٕ دٔرِ
راوان۔ یوہے وجہ چھِ زِ پرٛتھ گامس منٛز چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ گیوٚن وول یا
تسُند چھکرِ بوج آسان یِم نَے آسن تیٚلہِ تہٕ چھِ گامی خاص خاص وقتن
پیٹھ پانہٕ وأنی گیوان۔ یِمن باُتن منٛز چھُ کُنہِ کُنہِ سأنی رسم ورواج یا پرٕانۍ
قصہٕ۔ دیوٚن یا پٔرِی ین ہنٛزِ دلیلہٕ یا لڑایہِ یا عام عقیدٕ وَننہٕ آمٕتی ۔۔۔۔

اُسی کرٕ وابتدا شُرِی زینہٕ پیٹھہٕ۔ گامن منٛز ییٚلہِ شُرِ زیٚوٕ تہٕ یہِ چھُ
شأدیانٛک دوہ آسان۔ مگر اَمہِ دوہہٕ چھُنہٕ وَن وَنہٕ یوان۔ شُرِس یا متھ
منٛزِلس منٛز ترٛاوان چھِ تہٕ اَتی پیٹھہٕ چھُ أمی ؚسندبن کٔڑن گیوٚن گژھان۔

أمی ہندِ ساونہِ خاطرِ چھ أمی ہنز موج یابینہٕ "ہو ہو" تہٕ "لولو" کرُن ہیوان۔ اَتھ ہو ہواَس تہٕ گوٗرِ گوٗرس منز چھ بچہِ ہندِ خاطرِ دُعا آسان جاۓ تہٕ شاعری کم۔ کینٛہہ کال گژھتھ یامتھ أمس ختنک وقت چھ واتان تہٕ وارِیہٕن گامن منز چھ اَمہِ دوہہٕ وَنہٕ وُن یا بچہٕ نغمہٕ لگان۔ اماپوز گامہٕ کِس وَنہٕ وِنس چھ غزل آسان خال خالے۔ بیٚیہٕ چھنہٕ گامن منز شہرِ کی پاٹھی ونہٕ ونہٕ وقتہٕ عام پاٹھی تُمبک نار وایینہٕ یِوان۔ مگر نوٹ چھ ضرور آسان۔ ونہٕ وِنس منز چھ زنانہٕ خُتنہٕ کھوتہٕ جاۓ خاندرن پیٹھ پٔتن کمال ہاوان۔ کورِمَس مُشرنہٕ دوہہٕ پیٹھے مہرازس تہٕ مہرنہِ تیوٗت ترِکوہ کران زِ جمشید تہِ چھ کنھا۔ گراچھ مہرازس کٔن ونان۔

| | |
|---|---|
| خلعت شاہانہٕ ناٗلی تراوناوے | تاجِ زر برسر تھاوایو |
| ٹِکہٕ واجہِ ہتی بوگمہٕ شہلاوے | گوشن پوش ووتھہٕ راوایو |
| پُری پُری اسبند تہٕ وُدِزالہِ ناوے | گُری گُری گُری ترِ تراوایو |
| جُری جُری جُبہٕ ازناٗلی لاگہٕ ناوے | گوشن پوش ووتھہٕ راوایو |
| سونہٕ پأزارس موختہٕ جرِ ناوے | پادَن مائز لاگہٕ ناوایو |
| مِصرِ کِس باجس وأجی گرِناوے | گوشن پوش ووتھہٕ راوایو |

(قدیر)

تہٕ گرامہرنہٕ گُن ونان ۔

روے چون اختابہٕ چھُم تابأنی — خوے چون شکرِ ستانی ییے

موے چون لاشک عنبرستأنی — سۆندری لأل مبرجأنی ییے

دند چأنی موختہٕ مالہٕ وُٹھ بدخشأنی — قندٕ کھوتہٕ صاف شۆبأنی ییے

ختدٕ چانہٕ وُزملہٕ آیہٕ مندچھأنی — سۆندری لأل مبرجأنی ییے

کاٗکلو مولیس زُلفِ پیچأنی — بُلبُلن دِل تنبہٕ لأنی ییے

گُل دژ اوژ ھانڈنہٕ پوشہٕ مأدأنی — سۆندری لأل مبرجأنی ییے

(غلام حسن ڈرائیور)

أتھی شأدیانس منز چھُ اکثر زنانن پٔنن لوکہٕ چار پھۆان یاد تہٕ چھِ رِوان ۔

تھرِ مےٚ یاؤن اوس شولہٕ وونے — تام آو واو پۆہو نُو ییے

ہأرِتھ ترأونس ہیۆت مےٚ مندٕ چھونُے — بالہٕ چھُم تمنا چونُے ییے

دُنیا بے وفا اَسہٕ کر زونُے — أخر فان گژھہٕ وون ییے

میٚہ تہٕ ژٕ نَے ییتہٕ روزونوی — بالہٕ چھُم تمنا چونُے ییے

وَنہٕ وَنہٕ کھوتہٕ چھُ رۆو ہین منز زنانن جاذ وارِیوان پٔنٕنی دأدِک وَنہٕ نس ۔ گامن منز چھِ اکثر جاین ماہِ رمضانس منزٕ ہی (یِتھ شہرس منز رۆف

چھ ونان) کرنٕک عادت گوٚمُت ۔یوسہٕ کتھ شاۂ دیانس پیٹھ تِمن ونہٕ ئس وار چُھنہٕ آسان سوٚ چھ ونان رێین منز۔تَوے چھ کاشرِ ن رێین منز غم تہٕ داۂ دی بالخصوص موت زنانن زیٚو پیٹھ آسان۔

ہے موتہٕ ژورو کرِتھ خاۂلی کم خلنہٕ تے ہے ٹوٗٹھ راوٗن اِہ یاوٗن چُھ سورانتے

کم خوبصوٗرت خوٗبرو کم جانانتے کم گُلبدن یتھ میژِ اندر ڈولانتے

(غلام حسن ڈرائیور)

یَمن چھ ٹاۂٹھی یادپیٚواۂنی وارِ یہن رێین منز کربلاتہٕ یاد پیٚوان۔

امام زادے گرِ یہٕ شہید یزیدن تے

ہا تہٕنٛدِ باپتھ ووٗدیہٕ زمین اسمانن تے

حسن تہٕ حُسینؑ زوٗن زن اۂس منز تارکن تے

نتہٕ کوہہٕ تلہٕ اوس کلہٕ کوٚڈمُت اختابن تے



تہٕ تَوے عیٖد بغاۂر باقہٕ دوہن زنانن ناپایدار دُنیاۂ چھن تل نژان یِوان لبنہٕ۔

دَے نَے دِیہٕ تے ڈبکہٕ نَے پوٗرے ڈبکہٕ نَے پوٗرے

نادار محتاج نیہٕ کس ژوٗرے نیہٕ کس ژوٗرے

دِیتمُت نِیہِ تہٕ لۆدمُت لۆرے  لۆدمُت  لۆرے

تھزٕ رو والہِ تہٕ سَنہِ رَن پۆرے  سَنہِ  رَن  پۆرے

موتگ زر تب تھاویوم ژۆرے  تھاویوم  ژۆرتے

چھانہٕ ٹوک ژۆرِ نو روزِ بستۆرے  روزِ  بستۆرے

(وہاب حاجنی)

وَنہٕ وِنہِ تہٕ رہیٚو علاوٕ چھ ووِنؠ گامن ہٕنزٕ زنانہٕ وَنن منز کاٹھ سومبراوان یا پوش وٹان تہٕ پننؠ تجربہٕ باوان۔

دردِل مالیُن دکہٕ دِتھ گوم  وأرِیو مےٚ کرۆٹھ پیوم

حق اوس میٚہ ہشہِ ہُندسخ کۆرُم زوم  ویتہٕ راوُن پیوم



یا کونگ وَٹان وَٹان گیٚوان۔

لولہٕ چانہ راتس گرےٚ بیدأری  لوٕسس کونگ ژأری ژأری یے

زۆنہِ نیرُ وچھہٕ نے میٲنؠ گلکأری  لگہٕ یو بال پأری پأری یے



یِمو علاوٕ چھ گأری واجنہِ یا گاڑ ہانزنہِ ہُند یا شہرس منز ڈل ہانزنہِ ہُند ''وژُن'' تہٕ اکھ الگے طرز ایتھ کُن حال حالے شاعرٕ گمتی چھ۔ یِمن

پست طائفن ہُنْد ''وژُن'' چھ یِہنْز غریبی تہٕ افلاس نوٚن کڈان۔ مثالے نِیوٚن گاٗرؠ واجِین۔

ہارِ نِے ترٛژِ کرٛایے گٔلی دٔدِم وُٹھ ہایہٕ گاٗم
پرٛاٗنی ارمان لوکہٕ چارِ کی یاوَنس منٛز ضایہٕ گاٗم
یاوٕنٛز گُل پھولہٕ نہٕ بروٚنٛٹھے واوٕ ہردنہٕ ژھایہٕ گاٗم

ہاے تقدیرس خداین زانٛہہ تہٕ مٔژرِم تاٗرؠ ما
گاٗرؠ ماجو گاٗرؠ ماجو گاٗرؠ ماجو گاٗرؠ ما
(بہار)

گاٗمی مردَس اگرچہٕ گیوٚنس کُن منزلہٕ منٛزے لے اَس مگر بچاٗرِس چھسنہٕ وندٕ سواز انٛہہ تہٕ آرامہٕ سان گیوٚنس فُرصت یِوان۔ وندٕ چھ کٹاوان دلیلہٕ بۄزی بۄزی یا چھکرٕ گیوان گیوٚان۔ چھکرِ گیوٚنس منٛز چُھ سُہ جادٕ معشوقہٕ سٕنٛزِ زیوٚ حال بوزُن یژھان۔

| | |
|---|---|
| مسولہٕ پوشن کرٕیو مالہٕ | یِتہٕ مو سالہٕ لالہٕ اَز |
| دوٕدکے ہرٕ بوٕ برٕ یو پیالہٕ | یِتہٕ مو سالہٕ لالہٕ اَز |
| وُچھتو آوارِ چھس کمہٕ حالہٕ | اَسمان سپدُم ڈایے گز |
| گس ونہٕ گاٗتھس مٔولہٕ تہٕ مالہٕ | یِتہٕ مو سالہٕ لالہٕ اَز |

بڑین زن ژٔڈ تھے وأ جتھس بالہٕ زألتھ نارٕ کوٚرتھم سَز

لأ جتھس گھاٹن کوٕ سنبالہٕ پتہٕ مو سالہٕ لالہٕ اَز

(وہاب)

چھکرِ علاوٕ چھ گأمین سٕہ کلامہٕ پسند گژھان یتھ منز طنز تہٕ ظرافت آسہِ یا یتھ منز اسان اسان گونماتن آسہِ وٕنۍ نُمت کُس کُس چھ گرٕ پتس اکہِ نتہٕ بیٚیہِ جیتہٕ ڈٔج ڈٔج تُلان۔ توٚے چھ وارِیہَن گامن منز پہلی نامہٕ۔ مقدم نامہ تہٕ ملہٕ نامہٕ پرنہٕ یوان۔ یمن جاےٚ فُرصت آسہِ تِم چھ سام نامہٕ تہٕ شاہنامہٕ پرناوان مگر یم جاےٚ اعتقأدی آسن تِم چھ مختار نامہٕ۔ امیرحمزہ تہٕ باقٕے مذہبی رزمیہ کتابہٕ پرناوان ستی اگر کوکر کُون یاد پیٚکھ تہٕ گیٚوان چھ۔

پھِھٹھٕولن تھوتھے خامے ہا کوکری لوٗل ہَے آمے

سوٗنت اژ ڈُنے چھ گامن منز نوٚوی ولولاہ پاد گژھان۔ تِکیازِ کٔشیرِ ہندی نیٚری، نیہِ، مرگہٕ، کولہٕ راد، بال بُٹھی چھ أتھی وقتس پیٹھ شُشری ژھٹہِ نیرتھ بیٚیہٕ زندٕ گژھان تہٕ گریٚوس چھ وُچھان پژتھ جاناوار تہٕ پژتھ گُل یوہے باشہِ ہشہِ کران تہٕ زن اورٕ ے ونان۔

پوشہٕ نوٚلو برتو چادو نوبہار ہو آو

گُل ٹوریٚن از چھُم چاوو		نوبہار ہو آو

(وہابؔ)

وُنہِ چھُ بہار آسان چلاٗنی ییٚلہِ دانبس نیشڈِ چھ شروٗع گژھان۔ یمن دوہن اگر کانٛہہ شہری کُنہِ داں گامہٕ منٛز چھُ نیران سُہ چھُ وُچھان پریتھ طرفہٕ ژٔوری گژھ بزان۔

| | |
|---|---|
| نوبہار آو وطنکہِ یارو | نیشڈِ کرِنے نیرُو کاشکارو |
| ولہٕ ویرن ہنٛدِ سردارو | نیشڈ کرِنے نیرُو کاشکارو |
| رَتہٕ ستیٚ چھے کھاہ سگہٕ ناوٗن | میٚژِ منٛز چھُے سون ووپداوٗن |
| باغ پھُلراوٗن مدنوارو | نیشڈ کرِنے نیرُو کاشکارو |
| طوٗفانس ستیٚ لڑ کرِنے | انسانٛن ہنٛز یَڈ بڑنے |
| سینہٕ دآرِتھ چھک دِلاوارو | نیشڈ کرِنے نیرُو کاشکارو |

(پریمیؔ)

خشکی گام چھ ٹونگری ژٔرس منٛز ڈوربن پیٹھ گیٚوان مگر یم چھ جاۍ ژکھر کڈان کھاندرن پیٹھ۔ ہرُ دواتاٗنی چھ گریسی تمن بروٗنہہ کنہِ شہرِ کر وارِ یاہ ''دعاگو'' حاضِر سپدان تہٕ یمن منٛز یُس یُس گیٚون وول آسہِ تس چھ مانگیہِ موٗٹھ دِنہٕ بروٗنٹھ گیٚوناوان یمہٕ نٕہ دوہن اگر ''لڑی شاہ'' تہِ ووت

گامس منز چھ گڈھان یہے پارَے ہش۔ گامکی درجنہٕ وادٕ شُری چھ آسان لڑی شٕہس پتہٕ پتہٕ پکان۔ تِکیاز یہِ چھ اَسہٕ وُنہِ شعرن منز تِم مضموٗن وَنان یِم گامہِ کیٛو پانہٕ سُری ہٕتی چھِ آسان۔ مثلاً سنہٕ شیٹھک سُہلاب تہٕ حکوٗمتچ لاپرواٗہی۔

| | |
|---|---|
| سو کھہٕ مو کھہٕ وٕستھ آو آب قہار | گوو گُنُے کھنہٕ بل کھاوٕنی یار |
| نہ زِ روٗد در تہٕ نہ زِ دیوار | گوو گُنُے کھنہٕ بل کھاوٕنی یار |
| تھرسہٕ آیہِ وٕسی وٕسی ژٕبی گیہِ ہٕلی | لوکیٚن تہٕ بڈٕ نے گیہِ کھلہٕ ہٕلی |
| پرٕ وٕنی ناو گیہِ بیٚیہٕ تھپہِ تھار | گوو گُنُے کھنہٕ بل کھاوٕنی یار |
| حاٗکم لوٗکن کیٛا اَس چیٚٹر | ہٕتی ژٕلی ہٕتی گلی کیٖتا پھٹر |
| وقتِ بے کسی چھ اللہ یار | گوو گُنُے کھنہٕ بل کھاوٕنی یار |

لڑی شاہ چھ پٕزی پاٹھی گرٕپسی تمن تِم تِم داٗدی یاد پاوان یِمن ہٕنز دَگ چھ وٕری یہِ وادن گریستیٛو ژاٗجمٕز آسان۔ تہٕ توَے چُھ گامہٕ روایتن ہُنٛد اکھ بوٚڈ رچھن وول لڑی شاہ یہِ وان مانہٕ۔۔۔۔

اَمہِ علاوٕ چُھ گامن منز پرٛتھ جایہِ مذہبی شعرن کُن لوٗکن سبٹھاہ شوق۔ توَے چھ پرٛتھ گامس منز کیٛنہہ ژٕنی مناجات، نعت تہٕ منقبت پرٕنس منز زِٹھی یہِ وان مانہٕ۔

# ساٗنؠ مشہوٗر شاعر
# گرزاے تہٕ کر بڑے یہِ

یَیم تاریخ ژھانڈنہِ یا شیرنہِ پھیوٗرس بہٕ وارِیہَن گامن ییتہِ مےٚ وارِیہن عالمن تہٕ شاعرن ہنٛدٕ ین وٲرٕشن پٔژھہٕ گٲرٕ گر۔ اَمہِ علاوٕ دِیُت مےٚ ژھونڈ نوین پرانین رِسالن تہٕ کِتابن۔ مقبرن ہنٛدٕ ین پیٚر ین تہٕ گیوٚن والین ہنٛدِس یادٕ وٕترِس۔ چھیکرس بوٗ زِ وعالموپیٹھہٕ کاکیٚن تام مشورٕ ہیٚر ہیٚر تہِ روٗدیہِ مضموٗن ترٛیشہِ ہوٚتُے۔ پَژھہِ دار تاریخ سوٚمبراوان سوٚمبراوان گو وشاعرٕ ہتھ دوٗنا جمع ، یم مےٚ آے مشہوٗر ، صاحبِ طرز یا پوٗختہٕ خیال لبنہٕ۔ باقٕے اگرچہِ سانہِ زبانؠ ہنٛدی وارِیاہ شاعرتہِ چھ مگر یہُنٛد تاریخ سپُدنہٕ معلوٗمے۔

یَتھ فہرستس کُن وُچھتھ زانِتھ پانے زِ اَدبن ہُنٛد زینہٕ تاریخ

یوت چھ اتھہِ یِوان۔ اَڈبن ہُنٛد مرٕن تأرتِخٕ یوت۔ کیٛنژھن ہُنٛد چھُ صِرف یہِ پئے دڑ امُت زِ تِم کتھ صٔدی منز اُسۍ زِنٛدٕ۔ مثلاً (شامہ بی بی ، بھٹ اوتار تہٕ شاہ غفور) تہٕ کیٛنژھن متعلِق چھُنہٕ یہِ پئے تہِ لگان زِ تِم کتِکو اُسۍ۔ مثلاً حبہٕ خوتوٗن وغیرٕ۔

لل دیدٕ (۱۳۳۵ء۔؟)، شیخ نور الدین ولی (۱۳۷۷ء۔۱۴۳۸ء)، شامہ بی بی (پنداہم صٔدی)، بھٹ اوتار (عہد بڈ شاہ۔ پنداہم صٔدی)، حبہٕ خوتوٗن (۱۵۵۱ء؟۔۱۶۰۶ء؟)، خواجہ حبیب اللہ نوشہری (۱۵۵۵ء۔۱۶۱۸ء)، مرزا اکمل الدین بدخشانی (۱۶۴۲ء۔۱۷۱۷ء)، ننٛدی ڈار کاٹھیول (وفات ۱۷۷۴ء)، کأظم گنایی زاسُو (ارداہم صٔدی)، اَرنہِ مال (وفات ۱۸۰۰ء)، شاہ غفور (ارداہم صٔدی اَخر)، شاہ قلندر (ارداہم صٔدی)۔

کُنوہم صٔدی:

مومن صأب بیہہ گام (سکھ عہد) کرم بلند واتھور (عہد شیر سنگھ ۱۸۳۳ء)، محمود گأمی آروادی ڈورو (وفات ۱۸۵۵ء)، ولی اللہ متو نوشہرہ (وفات ۱۸۵۶، ۶۰ء)، ظریف شاہ ظریف صفاپورہ (وفات ۱۸۵۶ء)، بیب دیدٕ حضرتبل (وفات ۱۸۶۰ء)، رحیم صأبِ

سوپور (وفات ۶۵-۱۸۷۵ء)، عبدالاحد ناظم وتجبہارہ (وفات ۱۸۶۵ء)، شکر ریشی بدر کوٹ بانگل (وفات ۱۸۷۰ء؟) میر ثنا اللہ کریری (وفات ۱۸۷۵ء)، مقبول شاہ کرالہ واری[1] (۱۸۲۰ء؟ ۱۸۷۶ء)، نندہ رام پرمانند مٹن (۱۷۹۱ء - ۱۸۷۹ء)، نعمہ صاب سرینگر (وفات ۱۸۸۰ء؟)، لکھمن جو بُلبل ناگام (۱۸۱۲ء-۱۸۸۴ء)، پرکاش رام کوریگام (وفات ۱۸۸۰ء؟)، محمد اکرم نوخ دردمند چرار شریف (وفات ۱۸۸۶ء)، پیر غلام حسن کھوٗیہامی (۱۸۳۳ء- ۱۸۹۸ء)، حسن شاہ حسن چرار شریف (وفات ۱۹۰۰ء)، رحمان ڈار چھتہ بل (وفات ۱۹۰۰ء)، محی الدین گنایی مہدی ترالی (وفات ۱۹۰۰ء)، مولوی صدیق اللہ حاجن (۱۸۳۲- ۱۹۰۰ء)

## وُہم صدی

میرزہ میر وٹہِ نو (۱۸۱۱ء- ۱۹۰۱ء)، پیر عبدالغفار وانٹہ پورہ (وفات ۱۹۰۲ء)، شمس فقیر (۱۸۴۳ء-؟ ۱۹۰۴ء)، سید امیر شاہ کریری (۱۸۴۶ء-۱۹۰۵ء)، حکیم حبیب اللہ (۱۸۶۷ء؟-۱۹۰۵ء)،

[1] اگر پروفیسر حامدی سُندیہِ تحقیقات پٹھ زمانٗو زِ مقبول شاہ بڑیو وو دیہِ ترہ وُہرے ۱۸۵۵ء منز۔ تیلہِ چھ تم ۱۸۲۳ء ہس منز زامتی۔

غلام احمد جیدؔ سرینگر (وفات ۱۹۰۸ء)، عبدالاحد نادمؔ گامرو (وفات ۱۹۱۱ء)، لالہ تانترے حاجن (۱۸۲۸ء۔؟ ۱۹۱۲ء)، وہاب کھار کھریو (وفات ۱۹۱۲ء)، غفار بابا تایبؔ بارہمولہ (۱۸۲۵ء۔۱۹۱۴ء) عبدالوہاب پرے حاجن (۱۸۴۵ء۔۱۹۱۴ء)، احمد بٹہ واری ۱۸۴۵ء۔ ۱۹۱۸ء)، رمضان بٹ گنستان (۱۸۸۷ء۔ ۱۹۱۸ء)، محمد سراج سرینگر (وفات ۱۹۱۸ء)، اسد پرے حاجن (۱۸۶۲ء۔ ۱۹۲۰ء)، حاجی محی الدین مسکین سرینگر (۱۸۶۸ء۔ ۱۹۲۱ء؟)، محمد وازہ سرینگر (۱۸۳۴ء۔ ۱۹۲۴ء)، سری کرشن رازدان ونپو (وفات ۱۹۲۵ء)، بہاو الدین نقشبندی وندہ ہامہ (وفات ۱۹۲۵ء)، عزیز اللہ حقانی (۱۸۵۴ء۔ ۱۹۲۵ء)، اسد میر ہاکورہ بدسگام (۱۸۷۷ء۔۱۹۲۸ء)، عبدالرحیم اعمیٰ نوگام بانہال (۱۸۸۴ء۔ ۱۹۳۰ء)، ملہ خالق پلہالن (۱۸۸۱ء۔ ۱۹۳۱ء)، سید مظفر شاہ کریری (۱۸۶۷ء۔۱۹۳۵ء)، پیر غلام محمد حنفی سوپور (۱۸۶۹ء۔۱۹۳۷ء)، محمد الیاس چرار (۱۸۸۱ء۔ ۱۹۴۱ء)، محمد اسماعیل نامی سرینگر (۱۸۸۴ء۔۱۹۴۰ء)، پیر عبدالقادر آثمؔ (۱۸۹۷ء۔ ۱۹۴۶ء)، غلام نبی دلسوز نٹی پورہ (۱۹۱۸ء۔۱۹۴۵ء)، عبدالاحد آزاد رانگل بڈگام (۱۹۰۳ء۔۱۹۴۸ء)، عبدالستار عاصیؔ سرینگر (وفات

۱۹۵۱ء)، مجید میر اسلام آباد (۱۸۶۴ء۔۱۹۵۱ء)، غلام احمد مہجور متر گام، پلوامہ (۱۸۸۵ء۔۱۹۵۲ء)، احد صوفی پانپور (۱۸۹۰ء۔۱۹۵۴ء)، غلام قادر سایل سرینگر (۱۸۹۱ء۔۱۹۵۴ء)، کیشو ناتھ مندلو سرینگر (وفات ۱۹۵۷ء)، صمد میر نمبل ہار (۱۹۰۱ء۔۱۹۵۸ء)، پیر محی الدین مسکین (۱۲۴۳ہجری تا ۱۳۳۳ہجری)۔

لولُک نار للہِ لولہِ للہٕ نوٗوُم
مَرِنَے مولیس تہٕ روٗزِس نہٕ زرے
رنگہٕ رژھہِ ذاتسے کیاہ نہٕ رنگ ہوٗوُم
بہٕ دپُن ژولُم کیاہ سنہٕ کرے
راونہٕ منزے راوُن رووُم
رأوِتھ اتھہِ آیس بھوٗسرے
اسان گِندان سہزے پرووُم
دِپہٕ نےٚ کوٚرُم پانس سرٕے

(للہ دید)

| | |
|---|---|
| پے ہیوٚت عاشقو کعبہ بُتخانس | گےٚ اِد پانس پانہٕ مشتاق |
| لےٚ ستی گرہے جانِ جانانس | گھےٚ کاٹستھ دِلس دٕے اتھہِ آکھ |

نَے پتہٍ موژُک مَے عرفانس        گُئے اِدِ پانس پانہٍ مشتاق

گُئے کیٹہہ فأنی ژاے درفانس        زأنٔی دوگنیارس دِیُتنے چاک

روئی تتہِ پھیور ہے نفع نوقصانس        گُئے اِدِ پانس پانہٍ مشتاق

(صمد میر)



# کٲشِرِ ہٕنٛدی سَر تہٕ مرگہٕ

کٲشِرِ منٛز چھِ وارِیاہ سَر تہٕ مرگہٕ یِمن کُن وُچھتھ دِل چھُ تنٛبہٕ لان۔ یِمن قدرتن سٕہ حُسن دِیُتمُت چھُ یُسنہٕ کٲشِرِ سوا کُنہِ لبنہٕ یِوان چھُ۔ پہٕنٛدی پوش، سبزار، جاناوار تہٕ نظارٕ ڈیشتھ پردیٚن چھُ یِیتی موٗل دِنٛگ آرِ گوررو زان۔

یِیٚتہٕ کیٚن مشہوٗر سرَن منٛز چھُ ڈل، مانسبل، وولر، کونسرناگ، گنگہٕ بل، شیش ناگ، تارسر، مارسر باقیٚ سَر مثلاً آنچار ہایگام، ہوکرسر وغیرہ چھ رکھن منٛز مجرا۔ مرگن منٛز چھِ مشہوٗر گُل مرگ، کھیلن مرگ، توسہٕ مٲدان، یوسمرگ، پہلگام، سونہ مرگ، منہٕ مرگ بیترِ۔ کأشرِ منٛزٕ چھ یِمن سرَن تہٕ مرگن یاتہٕ ہمسایہِ گام چھاوان نتہٕ نیٚبرِم سیاح۔ سأری سَر تہٕ مرگ وُچھنس چھنہٕ عام لُکن فُرصت یِوان تہٕ خاص لُکن شوق سپدان۔

## ڈل:

یہِ چھ سرینگرس جنوب مغربہٕ طرفہٕ اکھ بوٚڈ سَر یَمیُک زِیچھر قریباً ژور میل تہٕ کھجر ڈاے میل چھُ۔ اتھ چھُ تختِ سلیمان (شنکر آچاریہ) کوہ تہٕ ہارِ پربت (کوہِ ماران) وَسہٕ وِنہِ افتابہٕ۔ گُپکار جنوبہٕ طرفہٕ چشمہ شاہی۔نشاط باغ۔شالہِ ماَر باغ تہٕ ہارون کھسہٕ وِنہِ افتابہٕ تہٕ تیل بل شمالہٕ طرفہٕ۔اَتھ منز چھ وارِیہہ ڈینب۔یِمن پیٹھ تتھی ڈوی ری چھ یِم یِر وِنی یِر وِنی تہٕ چھ روزان۔ یِمن ڈینبن پیٹھ چھ تمام شہرِچ ترکاری وو پدان۔اَمیُک آب چھ سبٹھاہ زائیل۔خاص کر گگرِ بلُک آب۔اما پوٚز موٚنگولہٕ، ہیلہِ تہٕ ترکارِ فصلہٕ ستی لتھہٕ وَنہٕ آمُت۔اَتھ چھُ ژونہٕ وِیو طرفہٕ کوہن تہٕ باغن ہُندسہ نظارٕ یَتھ وُچھنہِ چھ سیاح لوٗک دوہہٕ وادن بلکہٕ رہتہٕ وادٕن ہوٗس بوٹن منز روزان۔اَتھ سرَس چھ بڈی زِحصہٕ اکس حصس منز باگ چھ روپہٕ لانک تہٕ بیٚیس حصس منز باگ سونہٕ لانک۔یِم زلانکہٕ چھ ڈلس منز تتھہٕ شوٗبان زِ وَنہٕ نے پیہ نہٕ۔ وُنیُکتامتھ یوسہٕ یوسہٕ حکوٗمتھاہ کشیرِ آیہٕ۔تِمو منز کوٚر قریباً پرتھ کانسہِ حکوٗمتن ڈل پاَرنس منز کینہہ نتہٕ کینہہ برژر۔توے چھُ یُری محلہٕ پٹھہٕ تیل بل نالس تام تہٕ نگینہٕ پٹھہٕ ہارونس تام اَمیُک چپہٕ چپہٕ کشیرِ ہندِ تارٔیخی حُسنُک اَکھ اَکھ نموٗنہٕ پیش کران۔

## مانسبل:

صفاپورس ءستی چھ یہِ سَر میل ڈوڈاہ زیچھرِ تہٕ میل اوڈاہ کھجرِ ۔یہِ چُھ دوٕیہِ طرفہٕ کوہو تہٕ اکہِ طرفہٕ بارٕ پٔتر ناؤی وُڈرِ ءستی وٕلتھ ۔ٔنٔز نارِنشہٕ چھ یہِ جھیل زمینس ءستی ہموار۔یۄتہٕ اَمہِ منٛزٕ اَکھ نالہٕ چُھ نیران یُس وبتھہِ منٛز رَلان چُھ۔کھسہٕ وُنہِ افتابہٕ چھ اَتھ" دیالٔر وڈٕر"یتھ بوٕنہٕ کنہِ اکھ نفیس ریسٹ ہاؤس چُھ۔سیاح لۄکھ چھ أتی کیمپ دِوان۔تِکیٛازِ اتتھ چھ مانسبلُک بہترین نظارٕ یِوان تُلنہٕ۔بارٕ پٔتر طرفہٕ چھ اَتھ مغل شہنشاہ جہانگیر ءسنٛدِ وقتہٕ پیٹھٕچ اکھ ویران جروگہ۔یتھ" داروغہ باغ" وَنان چھ۔مگر یہِ چھ وۄنی وُ جارٕ گوٚمُت ۔تہٕ اَتھ پیٹھَن چُھ ہُنہٕ مشیدٕ ہنٛدی جن گرٕ جورابسان یمو اَتھ پادشاہ کارخانس داندوأنہٕتھ جادے وُجأری گرمٕژ چھے۔حالانکہِ اَتتھ چُھ جھیلُک نظارٕ ریسٹ ہاوسکہِ کھوتہٕ جادٕ یوان لبنہٕ۔یہِ سَر چُھ وارِیاہ سُن تہٕ کَنہٕ چھ اَمیُک آب نیٛؤل کرانک ہیٛو بوزنہٕ یوان۔أنٛدی أنٛدی چھ اَتھ أڈِس ہِحس پمپوش أڈِس ویرِ تہٕ أڈِس چۄنہٕ وِڈٕر۔یِموٕ ءستی امیُک حُسن چُھ جادے بڈیامُت۔

## وولر:

مانسبل پیٹھہٕ میل پوٚنشہِ جنوبس کُن چُھ وولُر یُس رہتہٕ کالس منٛز

چھ گرٛھان پنداہ مێل جاے زیوٗٹھ تہٕ داہ مێل جاے کھوٚل۔ مگر وندس منز چھ یہِ وارِیہہ ژھیومُت آسان۔ تو تہٕ چھنہٕ یہِ ۹x۶ مربع مێل کم زمین رٕٹتھ روزان۔ مشرقہٕ طرفہٕ چھ اَتھ بنڈپوٗر۔ شمالہٕ طرفہٕ وٹلب ،مغربہٕ طرفہٕ ننگلی تہٕ سوپر تہٕ جنوبہٕ طرفہٕ حاجن۔ وٹلبہٕ طرفہٕ چھ اَتھ جاے سنیٖر بٔیہٕ مشرقہٕ تہٕ شمالہٕ طرفے چھ اَتھ تھدی کوہ یموٚ ستۍ وُلر چھُ سبٹھاہ خوٗبصورت لبنہٕ یوان۔ اَتھ سرس منز باگ چھُ بڈ ناگ یُس ہمیشہٕ چھُ آسان وُزان۔ بانیارِ طرفہٕ چھُ اَتھ بڈشاہ صأبنہٕ وقتچ اکھ "لانک" یُس حال حال تام وُجارٕ گمٕژ اُس۔ اماپوٚز وونی چھِ اَتھ اَزچہِ لیاقژ مطأبق مرمت کرنہٕ آمٕژ۔ کٔشیرِ منز چھنہٕ پیتی گأری تہٕ گاڈٕ کُنہٕ جایہِ پأدٕ سپدان پیتٕر اَتہٕ چھِ۔ وندس منز چھُ اَتھ منز آسان جانٕ پچھن شکار۔ اَتھ ہُرٕ تہٕ کھوٚر چھ ریتہٕ کالچہِ گھاسہٕ سخت وِزِ شہرس تہٕ گامن سبٹھاہ ڈکھ دِوان۔

دَپان پرانہِ وقتہٕ اوس اَتہٕ اکھ بوٚڈ شہر یتھ اَزِک لُکھ سلابت نگر ونان تہٕ پرانہِ وٕنکی لُکھ چندرپوٗر ونان اُسی۔ اَمیُک تذکرٕ چھُ وُنہِ کأشرِ یادأوترِس منز اکہٕ شندہٕ دلیلہِ منز یِوان کرنہٕ۔

پرانہِ زمانہٕ اُسی لُکھ وولرس "الولا" ونان۔ تہٕ کیٚزن پرانین تأریخن منز "الولا" بدلہِ اَمیُک ناو "مہاپدم سَر" لیکھان۔ اَمہِ منٛزی تار

دِوان گژھہِ سبٹھاہ احتیاط کرُن تِکیاز ِاگر بیٚگا وقتہٕ اَمہِ منٛزی ناوِ یہِ چلاونہٕ
تہٕ وَتہِ تراوِواوا اَتھ چِھ تتھٕی تھدی ملرووتھان یم ناوِ پھاٹہٕ وَن۔

## کونسر ناگ:

اگرچہِ آب وُزنہٕ سببہٕ چھُ اَتھ ناگ یوان ونہٕ مگر پوٚزگوٚ واِی زِ
یہِ چھُ اَکھ سَر یُس سمندرٕ نِشہِ قریباً ۱۳۰۰۰ فُٹہٕ تھوٚد چھُ۔ اَمیُک زیچھر چھُ
قریباً زٕ میل۔ اۆت واتنہٕ چھےٚ ہیرہ پور شوپیان، کنٛز اکھ وَتھ تہٕ چترنارٕ کنٛز
بیٛا کھ وَتھ۔ یہِ سَر چھُ آفتاب پھیرنس تام آسان شِشرِ سٕتی گٔلتھ تہٕ توَے
چھِ اۆت وار یہہ کم لۆکھ گژھان۔ اۆت سفر کران چھِ وتہِ واریاہ لوکچہِ لوکچہِ
خوٗبصورت مرگہٕ یِوان یمن منٛز گوگل مرگ تہٕ زوجہ مرگ جادے خوش
پُونہِ چھےٚ۔ اَتھ سرَس أندی أندی چھُ سُہ قدرتی نظارٕ یتھ چھاوان
چھاوان أچھی چھنہٕ تھکان۔

## گنگہٕ بل:

ہرموکھ کوہس أندی أندی چِھ واریاہ لوٕکٕٹ سَر یمو منٛزٕ گنگہٕ
بل سارِوٕے کھوتہٕ جادٕ مشہوٗر چھُ۔ یہِ چھُ باہ ساس فُٹہٕ سمندرٕ نِشہِ تھوٚد۔
یہِ چھُ کأشرِ بن ہیٚند بن ہُنٛد سبٹھاہ پاک سَر تہٕ اَتھ منٛز چھِ تِم پننہٕ نبن
موردن ہنٛزٕ أڈجہِ ترٛاوان۔ اۆت گژھہٕ نچھ چھےٚ زٕ ترٛے وتہٕ۔ ژھوٚٹ

وَتھ چھِ کنگن کَنٛز۔ اَتھ چھُ منٛز یوان ناراں ناگ یَتھ متعلق وننہٕ چھُ یِوان زِ یہِ اوس پرانہِ وقتہٕ ہێندبن ہُنٛد جان علمٕک مرکز۔ بیاکھ وَتھ کھو یہامہِ ناٗدی ہل کَنٛز۔ لپاٗری چھ سبٕٹھاہ خوٗبصورت وَن، مرگہٕ تہٕ بێیہٕ کینٛہہ سَر (یِمن منٛز وِشنہٕ سَر تہٕ کرشنہٕ سر مشہوٗر چھ) یوان۔ ماہِ اگست چھُ اوٗت گژھنُک جان وقت۔ کوہہٕ دامنس پێٹھ چھُ یہِ سَر تمام طرفن ہِنٛدِ نظارُک عکس ہاوان۔ امیُک آب چھُ تیوٗت ترُن آسان زِ رہتہٕ کالس منٛز تہِ چھُنہٕ اَتھ منٛز جاےِٚ کالس اَتھہٕ بنان تراوُن۔ امیُک زیٖچھر چھُ نوشت (۹۰۰) فُٹہٕ تہٕ کھجر ژور ہتھ فُٹہٕ۔

## شیش ناگ:

یہِ چھُ امرناتھ گژھان گژھان وتی یِوان۔ اگرچہِ یہِ چھُ شیشرم ناگُک ژھوٗٹ ناو مگر چھ تہِ یہِ شیشے ہیوٗ باسان۔ یہ چھُ سمندرٕ نشہِ قریباً باہ ساس فُٹہٕ تھوٗد۔ تہٕ امیُک زیٖچھر چھُ میلہٕ کھوتہٕ جاےِٚ۔ کھجر چھُس اکہِ میلہٕ کھوتہٕ کم۔ امرناتھ گژھہ وِنٛی یاتری چھ اَتھ منٛز سرٛان کران تِکیاز ہێندبن ہِنٛدِ عقیدٕ موجب چھ اَتھ سرٛانس سبٕٹھاہ شرف۔ یاترێو سِوا چھ اوٗت کانٛہہ کانٛہہ پوٚہل تہِ واتان۔

## تارسر مارسر:

یم چھ زٕ سَر لیدٕر ٕنالہٕ مشرقہٕ طرفہٕ سبٹھاہ تھزرس پیٹھ۔ مارسرُک آب چھُ ٹلی ٹلی پاٹھی ہارون تام واتان۔ اوت چھ ہیٚکان خال خالے کانٛہہ سیاح ریٚتہٕ کالس اندر گژھتھ ''لیدٕر وٹھ'' کنِہ۔ یم چھِ سبٹھاہ پرٚتنٛر تہٕ سُند باٗنٛی زٕ سَر۔

## مرگہٕ:

مرگ معنے گوٚ وسٕہ ہموار سبزاریُس بالن اندر یا کنہِ تھزرس پیٹھ آسہِ تہٕ ییٚتہِ قدرتی پوش آسن کھتی ہتی۔ لفظس کن وُچھتھ چھِ ساریے کٔشیر چھےٚ اکھ بڈ مرگ ییٚتہِ سبزٕ منٛزی قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ قدرتن پوشہٕ بیول چھُ وۄمُت میدانو، کولہٕ رادو، بٹھو تہٕ سرومنٛزی۔ مگر کاشریوٚ چھُ پاتھلہِ علاوٕ کیٚنژن جاین مرگہٕ ناو تھوٚ ومُت یمو منٛز خاص خاص چھِ گُل مرگ۔

## گُل مرگ:

یہِ چھ تمام مرگن ہنٛز مٔلی کاٗنٛی یوان مانٛنہٕ۔تہٕ یہِ چھ سرینگرٕ پیٹھہٕ دوٕیہِ ترٕہ میل دوٗر۔ ٹنگہٕ مرگہِ تام چھ موٹر ٹانگہٕ یوان تہٕ اتہِ پیٹھہٕ چھےٚ چڑٔاے شروٗع گژھان۔ حال حالہٕ پیٹھے چھِ اوت جیپہٕ تہٕ موٹر ہیٚکان کھستھ۔ یہِ چھ ۸۷۰۰ فُٹہٕ سمندرٕ نشہِ تھزٕ۔ مرگہِ أندی أندی چھ قریباً دون

میلن ہتہٕ واد بنگلہٕ بناونہٕ آمتۍ۔ اَتھ چھ ہتیس تھزرس پٹھ تہٕ ژونہٕ ویو طرفہٕ بال یمن مٔنزی مٔنزی چھ یارِ تہِ۔ ریتہٕ کالس چھُ اَتہِ وزیٹرن ہُنٛد سبٹھاہ یُن گژھن لگان تہٕ اَتھ چھ کیٛژن ریٚتن یِہے شہر چی ہِش شکل گژھان۔ ماہ ستمبر تہٕ تھے چھ اَتہِ ژر تیزان تہٕ لوٗکھ چھ اَتہِ ہیٚوان ڈیر ٹلن۔ گلمرگہِ منٛز چھُ باضابطہِ ڈاک خانہٕ۔ تار گھر، ہوٹل، کلب، بینک، رسدگاہ، کتب خانہٕ تہٕ بازر۔ اگر ریتہٕ کالس منٛز اَتہِ ہنگہٕ منگہٕ روٗد بنگہٕ ژٔمر کرِنہٕ تہٕ اَتھ جایہِ برابر چھنہٕ کشیرِ منٛز کانٛہہ جاے۔ اَتہِ پیٹھہٕ چھُ یوان وادی کشمیرُک پرتَو تہٕ بڈی بڈی مقام مثلاً سرینگر، وولر، ننگہٕ پربت بوزنہٕ۔ اور گژھنچِہ چھےٚ بیٚیہ تہِ واریاہ وتہٕ یموٗ منٛزٕ پوٗت کھاہ کنۍ تہٕ کوٗنٛژی کنۍ زٕ وَتہٕ چھ لوٗکو مانٛجہِ مژٕ۔

## کھیلن مرگ:

یہِ چھ گُل مرگہِ پیٹھہٕ میل تارٕ ہیوٚ رٕکن۔ اوٗت گژھنچہٕ زٕ وَتہٕ یم دونوٕے جنگلہٕ مٔنزی چھ نیران۔ یہِ چھ سبٹھاہ رٕژ مرگ مگر اَتہِ چھنہٕ جاےٕ بستی کینٛہہ تہٕ توٗے چھ اَتہِ دوٚہس دوٗن دوٚہن ڈیر ترأوِتھے لوٗکھ واپس پھیران۔ گُل مرگہِ پیٹھہٕ شُراہ شتھ فُٹہٕ تھزٕ آسنہٕ سببہٕ چھ اَتہِ ژر تہٕ جاےٕ۔

## توسہٕ مأدان:

اؤ ت چھِ گُل مرگہِ پٔٹھہٕ تہٕ وَتھ نیران تہٕ یہِ چھِ کٔشیرِ ہٕنٛز تھزٕ ہش مرگ۔ اَتھ چھاونہِ چھ ریٚتہٕ کأرلس منٛز کیٛنٛہہ کیٛنٛہہ عأشہٕ مُتیٚ گژھان۔ بڈگام تحصیل کھوٚ دؤ یوتریٚیو گامو پٔٹھہٕ تہِ چھ اورٕ وَتھ نیران۔ ؤ ترٕ ہیل پٔٹھہٕ درنگ تہٕ درنگہٕ پٔٹھہٕ مِیل شےٚ مرٕ کھستھ اَکھ وَتھ۔ بیاکھ وَتھ چھےٚ ''ریار'' پٔٹھہٕ سو کھہٕ ناگ کٔنہِ نیران۔ کھاگہٕ پٔٹھہٕ چھ ژھوٚٹ وَتھ مگر اَتھ چھِ قریباً ساڑٕ ترٕ ے ساس فُٹہٕ چڑٕ آے یِوان۔ توسہٕ مأدانس أنٛدی أنٛدی یُس کریوہ چھُ سُہ چھُ بڈٕ خوش یوٗن۔

## سونہٕ مرگ:

یہِ چھ لار علاقس اندٕکُن یِوان۔ تہٕ اَتہِ چھُ ریٚتہٕ کالس جان یُن گژھن لگان۔ اَتھ ستیٚ چھےٚ سندھ وَسان یٚیمیُک آب یخ ہیوٚ ترُن تہٕ دود ہیوٚ پرٛؤن چھ۔ زوجلا کوٚہُک نار چھُ اَتی پٔٹھہٕ شرُوع گژھان۔ اگرچہِ اَتہِ پٔٹھہٕ کولاہایی تہٕ اَمرناتھ تہِ وتہٕ نیران مگر یم چھِ سبٹھاہ کٔڈرِ وَتہٕ۔ اَتہِ چھُ ووٚنی آمُت سیاحن ہٕنٛدِ خاطرٕ جان انتظام کرنہٕ۔ توٚے چھُ یہِ اَکھ شاندار صحت افزا مقام یِوان مانٕنہٕ۔ شہرٕ پٔٹھہٕ اؤ ت تام چھِ مِیل پنٛژاہ مرٕ۔

## پہلگام:

گُل مرگہِ پتہٕ چُھ اَتھ مرگہِ دوٚیم نمبر۔ یہِ چُھ اکھ جان قصبہٕ تہٕ۔ سرینگرٕ نشہِ چُھ پہلگام شیٹھ میٖل دوٗر رستھ ساس فُٹہٕ سمندرٕ نشہِ تھوٚد۔ اَتھ چھ یہِ فضیلت زِ اوٚت تام چھ قریباً ساٖرۍ سےٚ وٕ ریس موٹر لاری یہِ واتان۔ پہلگام چھ ژونوٕے طرفو بالوٚ سٟتۍ وٕلتھ تہٕ اَمہِ منٛزٕ چُھ شیٖن ہیوٗ صاف لیٚد رِنالہِ وَسان۔ بازرٕ علاوٕ چھ اَتہِ ڈاک خانہٕ، تار گھر تہٕ ہوٹل۔ امرناتھ گژھان گژھان چھ اَتہِ سبٹھاہ رونق بڑان۔ اتیٚک خوشگوار ہواتہٕ سبزٕ زارو چھتھ چھِ بھارتی یاتری رٕہتھ ہیوٚ گژھان۔

آیتن چھے پوشہِ تھرِ۔ یتھ لنجہِ خوش چھی تتھ بہکھ
باغوان اے غیر آسی پس ژٕےٚ مارو زِی سٕہ باو
شراونس زان قدرو قیمت یاوَنس تُل کاٗنہہ مفاد
بھاے ورزتھ لوک ارزتھ اُلفتُک مس بأ گراو
(مہجوٗر)

......☆......

# شُرۍ گِنٛدُن

کٲشِرِ منٛز چھِ شُرۍ وارِیاہ تِمہٕ کھیلہِ گِنٛدان یِم شُرٕ بن کِرِ کھیلہٕ تہٕ بالغن کِرِ اخلاقی یا باطنی تمثیلہٕ چھ۔ شُرۍ چھ پَنٕنۍ پٲٹھۍ گِنٛدنس کُن لگان تہٕ بُڈۍ چھ یِمن وُچھتھ زندگی ہِنٛدۍ کینٛہہ تِم رموٗز تہٕ اشارٕ لبان یِم انسانس ،انسان بناوِتھ شیطانس نشہِ ژٔٹن تہٕ خدایس کُن لاگن۔ یِمو منٛزٕ چھ:۔

اُکس بُکس:

ژُٔہرِ کم شُرِس چھ گُھرۍ لہِ نشہِ پَتھ رٹنہٕ خٲطرٕ گرٛوٗک کانٛہہ ژُٹھاہ یا شُرۍ سُنٛد مول پِتھر بیٛہہ ناوان۔ تِمۍ ہِنٛدۍ دٕنوٗ ے اَتھہٕ ماوِطرفہٕ پِتھرِس پێٹھ تھاوِناوِتھ اوٗنگجِہ گنڈن پێٹھ ''اُکس بُکس'' گنٛزرُن ہوان۔ تہٕ ''اُکس بُکس'' لفظ لفظ موکلاوِتھ ''وُرن نتے تھرن چھی'' وَنِتھ شُرۍ ہِنٛدۍ زٕ اَتھہٕ ہیوٚرکُن پھِرٕ ناوان۔ اَپارٕ تہٕ بروٗنہمی پٲٹھۍ اُکس بُکس گنٛزران تہٕ آخرس پێٹھ ''ووتھ بِٲلی ٹکہٕ ٹکہٕ کر'' وَنِتھ شُرِس اورٕ یورٕ ٹکہٕ ٹکہٕ کرٕ ناوان۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ ''اُکُس بکُس'' چھُ دراصل لل دیدِ ہُنٛد اکھ واکھ

اوسمُت۔ یُس پتہٕ مو پانٛژ وہتوٗ ئرِ یو پیٹھہٕ تیوٗت اۆ گرِ تھوٗ گرِ گومُت چھُ

زِ ووٗنی چھنہٕ اصل اَچھرنانٛی۔ قیاس چھُ یِی زِ لَلہٕ ہُنٛد واکھ آسہے یہ:۔

سُہ کُس تہٕ بہٕ کُس تیٚلہِ وَن ژٕ کُس

اُنٛن بطخ لدُن دیکہِ۔ سُہ ہاٗل کس دوونتو

بھڑم جہارس پوٗنی چھوٗ کُم

وۄتھ بی للّی ٹکہٕ ٹکہٕ کر

یمن سارِنے مصرعن بدل چھُ لۄکو درجن وادٕ ٹُکھ بناوِی ہتہٕ مثلاً ''

سُہ کُس تہٕ بہٕ کُس تیٚلہِ وَن ژٕ کُس'' بدلہٕ ''ہُہ کُس تہٕ بہٕ کُس تیٚلہِ وَن چھُ کُس؟'' یا ''اُکُس تہٕ بکُس تِلہ وان ژٕ کُس''۔ ''سہ ہاٗل کس دو ونتو''

بدلہ ''سال کس کس ۆنی تو'' یا ''شال کِچہِ کِچہِ وانگنو''۔ ''بھرم جہارس پوٗنی

چھوٗ کُم'' بدلہٕ برجہِ ہارس پوٗنی پھٹم'' وغیرِ وغیرِ۔

شُرِس اتھہٕ بند تھاوِی تھے ''ہُہ کُس'' یا ''سُہ کُس'' ۆنتھ غیر

حاضِر ماجہِ ہُنٛد تصوٗر دِنہٕ ستہٕ چھُ شُرِ سُنٛد مول (یا زِیٹھ) شُرِس اکہِ غائبی

ذاتُک تصوٗر دِوان۔ اَمہِ پتہٕ شُرِس بطخ یاد پاوِتھ پنہٕ نِس نفسِ اَمارس کُن

اِشارٕ دوان۔ نفسِ امارٕ چھُ اَنٛدرمہِ کثافُک موجب ''بھرم'' دِوان تہٕ مول چھُ

اَمہِ ںِکس نارگنڈنس ''جہارہ'' ؤنتھ شُرِس کُن اکھ کتھ تہٕ پانس کُن بیٚاکھ کتھ وَنان۔ بطخہِ سُنٛد ناو أنتھ ''دیگ'' تہٕ ہاکہِ ہُنٛد اکھ سوال تراوان تہٕ چھیکرس پیٚٹھ لل دیٚدِ ہنٛدی لفظ أنتھ شُرِس اوٚر یوٚر ٹکہٕ ٹکہٕ کرناوان تہٕ گُھری لہِ نشہِ پتھ رَٹان۔

کاش لل دیٚدِ ہُنٛد یہِ واکھ ییہِ ہے اتھہِ تہٕ امیُک صحی معنے ییہِ ہے تمی آیہِ کرنہٕ۔

## سرٕلنگ

یہِ چُھ دوٚیمہِ قسمہِ آسان۔ کٹیٚن ںِکیت اکھ تہٕ کوٚرین ںِکیُت بیٚاکھ۔ زمینس پیٚٹھ چھ رکھہِ ستی یم زٕ شکلہٕ بناوان۔




شُرٛی چھ ووٚنۍ جمأژن اندر روزان تہٕ تاپوٚ ترٛیش گرِتھ گِندُن ہیٚوان۔ کھیل شرُوٗع گژھنہٕ برونٛہہ چھ ستو خانو منٛزٕ اَکھ خانہ رٹنہٕ یِوان تہٕ یُوٗہے خانہٕ چھُ روزان گِندنُک گوڈٕ تہٕ سرٕ کتٕر چھ أتھی منٛز ترٛاونہٕ یِوان۔ گِندن وول چھُ لۆنگ لۆنگ کران اَتھ خانس تام وأتِتھ کتٕرِ پھینٛٹ کڈان۔ لۆنگ لۆنگ کران پکہٕ نَس چھ کینٛہہ شرط۔ یِمو منٛزٕ یَتھ أکِس پیٹھ گِندن وول پکِہ نہٕ تہٕ سُہ چھُ ''دزان'' تہٕ گِندنہٕ نِشہِ الگ یوان کرنہٕ۔ (۱) کتٕر یا گِندن وول گژھِ نہٕ قلایہِ نیٚبر گژھنۍ،

(۲) دوزخس اندر گرٛھہِ نہٕ زنگ پیٚنۍ۔ (الا یئلہِ دوزخہٕ پٔتھے سرٕ لۄنگ شرۄع آسہِ گومُت)۔ (۳) مخالفہٕ سِندِس زٔنۍ مٔتس خانس اندر گرٛھنہٕ اجازتہٕ بغأر کھور پیۄن۔ (۴) کُنہِ خاچ رٕکھ گرٛھنہٕ ماںڈنہٕ ینۍ۔ (۵) پھینٹ کران گرٛھہِ کم ازکم اکھ خانہٕ منٛزٕ تراونہٕ یُن۔ (۶) لۄنگ گرٛھہِ نہٕ پھُٹُن (اماپۄز اگر کۄرِ گندان آسہِ سو ہیٚکہِ زٕ کھور جنٛتس تہٕ دوزخس اندر ترأوِتھ تھک تہِ کٔڈِتھ تہٕ لۄنگ تہِ بدلأوِتھ۔ (۷) ہیۄ رہیۄ رخانہٕ زینان گرٛھہِ سرٕ کترِ بۄن کُن پھینٹ کڈان تتھی خانس پکہٕ ناوٕنۍ یُس زیۄنمُت آسبس۔ خانہٕ زینان زینان چھُ اکھ گرۄپ أخرس پٔتھ بتہٕ خانس تام واتان۔ یُس "دبٕتس" زینہِ تٔسی چھ اجازت "بنیر ہ" پٔتھی سرٕ کترِ پھینٹ کڈُنک۔

سرٕ لۄنگس اندر چھنہٕ خانہٕ زٕینۍ تیوٚت ضرۄری (خواہ سُہ کیا زِ آسنہٕ "جنت" تہِ) یوٚت بنیرٕ زیُن چھُ۔

**بنیر ہ پھینٹ:**

بتہٕ زینن وول چھُ بنیرٕ پٔتھہٕ اکھ ترٛٹھ پھینٹ کڈان یٚیمہِ ستۍ سرٕ کترٕ "لتہٕ" بون نیرِ۔ گندن وول چھُ سرٕ کترِ تام سرٕ لنگہِ نبر وأتتھ بٔیہٕ کترٕ ٹلِتھ بنیرس کُن لایان۔ اگر کترٕ بنیرس اندر ترٛوُن تہٕ یہٕ چھُ بٔیہٕ لۄنگ

لۆ نگ کران بنیرس تام واتان تہٕ سڑ لۆ نگ زینان۔ ورنہٕ چھ أمی ہِنٛدی باپژ یہِ کوٗشش کران۔ اگر یم ساٚرِی بنیرٕ زینِنس اندر ناکام گےٚ۔ مخاٚلف گرُوپ تہِ چھ بنیرٕ زیٖنُن ہیٚوان۔ تہٕ کھیل چھ بنیرٕ زینِنس تام چلان رٕوزان۔

سڑ لۆ نگ چھُ بالغن رِکرِ ھ اکھ تمثیل۔ لۆ نگ لۆ نگ کران پکُن گووجسماٚنی مُصیبت تُلِتھ بروٚنہہ بروٚنہہ پکُن۔ زِ زنگہِ چھ حرکژ ہِنٛدِ ذٔری یہِ۔ مِثالہِ پاٚٹھی گوو اکھ رحماٚنی بیاکھ شیطاٚنی۔ گو دِنکۍ ترٛے خانہٕ گےٚ یا تہٕ انسانہٕ سٕنٛز زندگی ہِنٛدی ترٛے دور۔ (لوچر، جواٚنی تہٕ بُجر) نتہٕ رٔہنکۍ ترٛے مُنزِلہِ یمو منٛزی نیران نیران جنتٕک تہٕ دوزخُک تصوُر چھُ پۆختہٕ سپنان۔ دوزخہٕ نشہِ نیرتھ اگر کانٛہہ "جنت" زینہٕ نَس لایق تہٕ گژھِہ۔ یعنی بدی تراٚوِتھ صرف رِتی کارکرِ۔ توتہِ چھُ تَس خطرِ خبر "سِیُن" تہٕ "بتہٕ" یعنی دُنیاٚوی تعلُق ماراوِ ربس وَتھ تہٕ گژھِہِ بیٚیہِ خوار۔ لہٰذا گژھِہِ "سِنہٕ" تہٕ "بتہٕ" چی فِکرِ بروٚنہہ پکِتھ "بنیرس" تام واتُن۔ "بنیرٕ" چھُ رٔہنکہِ مقاچ تمثیل۔ یَتھ اسلام "نفسِ مطمٔنہ" تہٕ ہندو دھرم "ستوس" ونان چھ۔ یٚیتہِ انسانس چھ نظر موکلان تہٕ دُنٛی یہکی تہٕ حواسَن ہِنٛدی ساٚرِی جنجالہٕ چھ أکِس پھینچہٕ تل گژھان۔

## بَزِن باز:

اَمِہ کھیلِہ ہُنٛد اصل ناو چُھ "بِہ زینہٕ باز" یَتھ شُریٚو بزِ باز ژومروو۔ اِمکی چیز چھ نمبر (۱) ہال (۲) بزوز (۳) بزٕزس أندی أندی گندن والیٚن ہِنٛدِ شمارٕ کھوتہٕ کم اَکھ ٹھنجی۔

بزوز چُھ کھوٚ جن منٛز باگ اکھ جان کھوڈ آسان یتھ اندر لورِ ترأوِتھ گندن وألی شُرٕ ی چھ کھوجن ہنٛزِ گرٕ نز برابر "بہ زینہ باز" ونان تہٕ مقرر کٔری مُتس شُمارس تام أتی ووج دِوان تہٕ یکدم کھوجن گُن لاران۔ اگر سَتھ گندن وألی آسَن تہٕ شےٚ کھوجِہ چھ آسان استعمال کرنہٕ۔ ستَن اندر چُھ اکھ گندن وول کھوجہ ورأے روزان تہٕ یو ہے گوو باز ہارَن وول۔ أمِس چھ یہِ سزا زِ سُہ گژھہ ہال بزٕ زِس منٛز لایُن۔ مگر یُتھے سُہ لایان چُھ تہٕ کھوجہ وألی چھ کڈان اَتھ واپس ژھٕل تہٕ بزٕنزس تام نہٕ ہالہِ واتنے دِوان۔ اگر سُہ بزٕ زس منٛز ہال واتناونس منٛز کامیاب گوو تہٕ گندن والیٚن چُھ کھوجہ بدلاونہٕ پیوان۔ تہٕ أتھی بدلاونس اندر چھ ہال تراون وول کُنہِ کھوجہِ پیٹھہٕ قبضہٕ کٔرِتھ بیٚیس کانٛسہِ گندن وألس پننہِ بلایہِ دِوان۔

بزن بازس اندر چھ اہم چیزیہِ زِ ہال بزٕزس گُن لاین وألس

اگر نکھہِ ہال آسہِ لاۓنز سُہ چھ ہمسایہِ کھوجہِ وأ لس اکہِ طرفہِ ہالہِ کنز بیٚیہِ طرفہِ کھوجہِ کنز لأ گتھ پریشان کران۔ وارِیاہ پھرِ أمِس ہالہِ ٹھل کڈنس کُن لأگتھ کھج ''کھیٚوان''۔

بزِن باز چھ شُرہن کڑ کھیل تہٕ بالغن کڑ ہ زندگی ہنٛز دورِ دورِ ہنٛز اَکھ تمثیل۔ پرٛتھ انسانس چھُ یہِ اِرادٕ آسان زِ یہِ زینہِ ییمہِ زندگی ہُنٛد باز۔ مگر سامانہٕ اَسٹھ تہِ چھ کانٛہہ کانٛہہ یہِ باز ہاران۔ أمِس چھ پتہٕ فرض زِ یہِ گژھہِ روزُن کوٗشش کران یوٚتام یہِ مخالفن ہنٛز کوٗششہِ ناکام کرِ (برٕ زس منٛز ہال واتناوِ) تہٕ بیٚین جابرانہٕ اجارٕ دأری نشہِ اورِ یورڈالہِ (یعنی کھوجہِ والین کھوجہِ بدلاونس پیٹھ مجبوٗر کرِ) تہٕ کم وقتک فأیدٕ تُلتھ کُنہِ کھوجہِ پیٹھ قبضہٕ کرِ یعنے دُبارٕ انسأنی سماجس ستۍ رلہِ۔

## ژھالہِ گِندُن:

شُرۍ چھ رِکھ ترٲوِتھ اَکھ وانگ بناوان۔ اَمہِ پتہٕ چھ ییمو منٛز زِٹھس ہیوٚس نرِیوٚ زنگو پکُن تہٕ ییمہٕ زنگہِ آسے یِیٚس تمی زنگہِ کأنسہِ أکس نل ٹاس دِیُن۔ پرٛتھ کانٛہہ چھُ أمِس ژُزنگی ہِندِس نل ٹاسس کھوٗ ژِتھ وانگس اورِ یور نژان تہٕ أخرس چھُ کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ یہِ ٹاس یِوان۔ تہٕ أمی سے نچأرِس چھ أچھن اوٗن دِوان۔ تہٕ دِپان چھس ''رٕ ٹھ سا اَسہِ منٛز

کانٛژھاہ'' تہٕ لگان چھ یہِ أنٛز سارِ وانٛکس اندر تہٕ نٮ۪بر باقیہٕ گندن والٮ۪ن
ژھانڈنہِ۔ ژھانڈان ژھانڈان چھ أمِس گراکلہٕ ٹۄسہِ پیٚوان گرادۄ گ
تہٕ گرالتہٕ۔ ستاوَن وول چھ پٔنٕنۍ کوم کٔرِتھ ژلان تہٕ باقیہٕ چھ اَسُناہ
کران۔ مگر تِمو منٛز چھنہٕ کانٛسہِ وانگہٕ نیٚبر ژلُن بنان۔ یُس اکھاہ نیرِ تَس چھ
باقیہٕ شاہد روزان تہٕ گوڈٕ نِکس '' أنِس'' یَلہٕ ترٲوِتھ أمۍ سےٕ اۄن
دِوان۔ اگر گندن وٲلۍ وانٛکسےٕ اندر رۄدی تہٕ اۄن چھ وارٕیہہ پھِرِ وانگہٕ
نیٚبر روزِتھ گندن والٮ۪ن ساران تہٕ ''بیناہ'' چھ اَسُناہ تراوان۔ پَتھ گوو
اگر اۄن کانٛسہِ أکِس تھپھ کرِتھ چھ موٗنۍ کرٕنۍ۔ موٗنۍ کٔرِتھ چھ أمۍ
سٕنٛز أچھن پٔٹ یوان مُژرنہٕ تہٕ موٗنہِ وٲلِس لاگنہٕ یِوان۔ أمِس تہٕ
چھ بیاکھ ژٹان ژٹان سبٕٹھاہ دورِ دور تہٕ اتھہٕ سأر کرٕنۍ پیٚوان۔ تہٕ أتھۍ
اَتھہٕ سأر منٛز چھ شُرٕ بن اسنٛک تہٕ ''أنِس'' ستاوٕنٛک حیلہٕ بنان۔

یہِ کھیل تہٕ چھ بڈٕ ٕن کرِشاکھ تمثیل۔ زِیُٹھ چھ ژُزونٛگ بٔنِتھ گویا
یہِ ہاوان زِ معصوم زمانہٕ منٛز نیرِتھ ہیٚکہِ یہِ حیوان بٔنِتھ۔ یُس صرف نفسِ
اَمارُک غولام آسنہٕ موجُب اورِ یورلتہٕ لایان چھُ تہٕ یُس نفسِ امارچہِ چھپہِ
لۄگ سُہ ہیٚکہِ اۄن یعنے شیطان تہٕ بٔنِتھ۔

یِم یِم انسان وانگہ (یعنے دُنیاوی تعلقہ موجُب) نکھہٕ لٔگۍ تِم چھ

أِمس نشہِ دۄ رژلان تہٕ موقہٕ لۭبتھ أمِس تھوک لعنت تہِ کران۔ مگر أنس چھِ سارے وَتہٕ موکجہِ۔ یہِ چھُ وانگہٕ أنٛدرۍ نبرۍ چھیکرس کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ رٹان تہٕ پنُن لول ہاونہٕ خأطرٕ موٗنۍ کران۔ یہے موٗنۍ چھ أمِس تہِ شیطان بناوان۔ یُس پتہٕ باقین اۄن بناونہٕ خأطرٕ جک چھُ ماران۔



# گامہٕ بول چالہِ منٛز

### دَہ پرٛیژ

بَر دِتھ خرنژان (گریٛٹہٕ) مِنہ مُر پلس پیٹھ اوٚش تژ اوان۔ (بھتہٕ پھیارُنِ) بیرِ تل کُھٹ گاو (ناو) لٹہِ روٗس میوٕ کیٚا (ٹھوٗل) بیٚنہِ ترِ ہے بیٚنہِ نِش منٛزٕ چھس دوٚس (زٕ اچھ تہٕ نَس) اَڈگز مامنٛز تہٕ ڈوڈ گز پوٚژ (ہٕرژن تہٕ پنہٕ داو) اوٚ چھورٕ ستوی ژوٚ راژان قُلفہٕ روٗ ستوی کُچھِ (کُنز تہٕ قُلف) نِلہٕ گُری ہنٛز کُرکُل کٔشیرِ بوز (گگراے) ٹٔلی ٹٔلی تلاوِ ٹٔلی مہاراج صأبنٛز گُری ژٔلی (گگر) ورہجِہ ماجہِ شکرترین کوٚر شکرترین کورِ پسرِ نافلک (دچھہٕ رأنٹ)

## پنٛداہ محاورٕ:

آوتہٕ ییر وگووتہٕ گاسُو۔ بیٚہِ شژ اکھ تہٕ اَتھس تسبیح۔ پنہٕ نُے پوٚن چُھ زِنس پھالہِ ناوان۔ تِلہِ وارِ گُژرتہٕ بُجہِ ماجہِ رٕژر۔ چھانس تورِ آے

پانٛس گٔن ۔خوجہِ بیۄٹھ وان دیکگلیو سان ۔دَمس ءتیِ چھی نمسکار۔
راُچھس دوہ تہٕ ژٕ ۄرس گر ۔زٕ ۄن چھ کھسان تہٕ ہۄنی چھ ووٕران۔
ژٕ ۄنٹ وُچھتھ چھُ ژ ۄنٹ رنگ رٹان ۔ژٕپٕھ لۭجِر تہٕ تِپرس مۄن گجِر تہٕ
گراکس ۔ویتھ چھ گرزان آگرے ۔ونہٕ چھن یارٕبن خدایہٕ سُنٛد
سَگ ۔ہلیٚن بانٛن وِکری ٹھان ۔یَس کورِ خانٛد رسو کۄ رلو برن نچھتے چو برن
ودٕساوے۔

## دُہہ مثالہٕ (ضرب الامثال):

آٹو بُلہٕ بٹ ۔بجہِ ہُنٛد ءترٕکون ۔تاون دار جانباز پور ۔تنٛو رس
نکھہٕ کۄ نڈل خرس خرٕخرٕ ۔ڈینٛبہٕ حیتہٕ ندرٕبن ۔دُوٹس ریٛزی ۔رونگہٕ منٛز
کونگہٕ پھۄل ۔زچھن پچہٕ پھیرُ ۔سوژلہِ منٛز گوشتابہٕ ۔شال گۄب تہٕ
ہاکہٕ ژٔر ۔کیٚسرِ تٔلی پۄنی ۔گانٹ نتہٕ گانٹہٕ اول ۔لٹ ٹُلتھ گب ۔معتبرِ طوطہٕ
رام ۔نُنہٕ بینٛہٕ ہُنٛد تھنہِ سُلہٕ ۔نأید ءسٔندی نوشتھ ۔ووپر محلوک کوکر
ژٕ ۄر ۔ہۄنی مازس واتل واز ۔پُٔس شُپ دولہٕ۔

## پٔنٛژہ کہاوٕژ

(۱) أنٛس ہاوان ساٗرِی وَتھ تہٕ بیقلس نہٕ کانٛہہ ۔(۲) بدس سیر
باۄن گو وینٛہٕ اندر سرُف رٕچھن ۔(۳) پٔکس پرٕ ژٕھکھ اُڈجہِ کیاز پیٚچے

نۂ دۆپ نکھ ''پنُن آم نۂ کاتھہ''۔ (۴) تیشل گیہِ پشیمان میأنیوأ چھوڈیشہٕ مان۔ (۵) چھانس ییٚلہِ پیٚیہِ پانس پتھ یٔکل ٹُلہِ شانس پتھ۔ (۶) حلالس حساب تہٕ حرامس عذاب (۷) خام طمع ہو چھہِ مرِٕ کولہِ۔ (۸) دِکھنا تہٕ منٛڈ دبا کھیٚت (۹) ڈونبہٕ ہنٛز لیکھ تہٕ شوٗمہٕ ہنٛز سلام نہ (۱۰) رزٕ زتہٕ وُٹھن ژٔجس نہٕ۔ (۱۱) ژوٗرمہ کر ژرالس مہ کھوژ۔ (۱۲) ہرٛن دپان پنہٕ داوِ سأری گمتی اکی ناوِ۔ (۱۳) شیٚہ یار آسی تن پوٗشی تن پردیٚن توتہٕ چھم ووندِ ہیے ستھ۔ (۱۴) صاحب زادِ زمان ہاکہٕ لٹیٚن لمان۔ (۱۵) عامس ستی ہر کرِ نی گیہِ گامس ستی گرِ کرُن۔ (۱۶) غریبس ژایہِ ژوٗرمند نیٚن تام کوٗر ہس جشنہٕ۔ (۱۷) فقیر بایہِ بڈ دوہہ آیہِ دوہے لوٚگے لیٚچہِ ووٗ کہٕ وان۔ (۱۸) کاوہے چھلی زہن سٕز صابنے کاوس کرہیٚا رژلہِ نو زاتھہ۔ (۱۹) گاوِ چھُ ووٗنمُت ہٹہِ کنی دِتم تہٕ لٹہِ کنی ہیٚتم۔ (۲۰) لانژھ ییٚلہِ بڈان پلہٕ ہرِی تھُران۔ (۲۱) موقدمس نے پھوکہٕ دم آسی گامس کاسی شامس تام۔ (۲۲) نمن میٚژ تہٕ کمن کرٕژ۔ (۲۳) وقتِ کار چھُ پوٚزے پزان۔ (۲۴) ہر کر ہر کر ہٕر وِزِ سور کر۔ (۲۵) یَس ژٔژھ ژٔتمی کھیٚیہِ لکھہٕ ہنٛز لر۔

## ترٛہ تأریخی تلمیح:

(۱) آغر خانٔن ہوٚس (۲) آگرہٕنٛز گاو (۳) بدری ناتھنٛز أدری موہر (۴) بھگہٕ شہن دفتر (۵) تأزی ہٕنٛز کان (۶) ٹرمیرٕنی راد (۷) جمل باہِن حرکت (۸) حسہٕ متٕنٛز وسہٕ مت (۹) خوجہِ موٕنٛز ٹھوٚل (۱۰) خضر کوٹن لیکھ (۱۱) دھرم داسنٛز کوٹھر (۱۲) رُمہٕ ریٚشُن آے (۱۳) زلیخایہِ ہُنٛد خواب (۱۴) سودامُن کُم بُس (۱۵) شنکرٕنی مکرٕ (۱۶) عظیم خانٕنٛز چیٛبٕر (۱۷) عالمنٛز داندٕ ہور (۱۸) فتح متٕین بتہٕ (۱۹) کھکھر میرُن بیور (۲۰) کراجہِ ماجہِ ہُنٛد ڈسلابہٕ (۲۱) کھارٕ کورِ ہنٛز سُلٔ، (۲۲) گوٗری بابہِ ہُنٛد کن (۲۳) للہِ ہُنٛد نِلہٕ وٕٹھ (۲۴) مُوسہِ خانٔن کستوٗر (۲۵) مایا رانٕنٛز نوش (۲۶) نمرؤدٕنی دم (۲۷) مسکین شہُن استان (۲۸) نبہٕ میرُن انبر (۲۹) واسہ کاکنٛز گاسہٕ ناو (۳۰) یکر چھانٕنٛز کوکرپچہٕ برٛن۔

## معشوقہٕ ہٕنٛدی ژٕچھی ناو:

سوندرمال۔ بال۔ نازل۔ ڈیس۔ شِلہٕ مأنٛز۔ ہینٛز یأنٛز۔ مستأنٛز۔ مارٕ مُژٕ۔ یاون مُژ۔ مہرٕینٛز۔ گاشُر۔ لچھہِ دأر۔ گتہٕ رینٛز۔ مانہٕ رینٛز۔ کونٛگی۔ مستوٗر۔ شِنہٕ مأنٛز۔ نازٕ تھری۔ زوٗل مال۔ آرٕ ول۔ مَسول۔ ییٛمبرزل۔ ہِیہِ تھٔر۔ یأر۔ کُنکلی۔ وَن ہأر۔ شیٖرین۔ لیلیٰ۔ پدمأنٛز۔ حبہٕ

خوتۄن۔ لوٚلرٕ۔ ہِیہِ مال۔ وِگنٕز۔ گلاب تھُر۔ پٕر۔ دُرداأنٕز۔ رۄسٕ گٔٹ۔ زۄن۔ وُزٕمل۔ لِو۔

## انسان بدنٕکی ۱۳۵ استعارٕ:

تالہِ کٔنٕز یُن۔ ڈیکہٕ پھولُن۔ ڈیکہٕ پۄرُن۔ کن واٗمنٕز۔ کن ووزٕلنٕز۔ کنس کشُن۔ أچھن کھسُن۔ نَس کرٕنٕز۔ نکواٗرٕ وُہٕنٕز۔ گوٚنژھ ترٛکراوٕنٕز۔ وُٹھ ژاپٕنٕز۔ دند چیرٕنٕز۔ زِسمہٕ بیٛہنہِ۔ اُکھم ژاپٕنٕز۔ گلہٕ ہُنراوٕنٕز۔ گلہِ زیو گرٕژھنٕز۔ أسَس آب یُن۔ ریش ہِ گلہٕ وُن۔ داٗر ژاپٕنٕز۔ ہونٕگنٕز رٹنٕز۔ کاٗر موٚرٕنٕز۔ گرٛ وکھ والُن۔ تھوک ژٕھننٕز۔ بُتھ الو ند تراوُن۔ بُومہٕ چارنہِ۔ کنہٕ پھرٕژ پھیرنہِ۔ کلس کھسُن۔ اَتھہٕ چھلُن۔ نیٛٹھ ہاوُن۔ سینہٕ دِیُن۔ واٗنج پھٹنٕز۔ بوکہٕ ہُنہِ۔ ماوٕ کھینہٕ۔ گردن موٹنٕز۔ پھیٛکی موٚرٕنٕز۔

## اَتھہٕ تُلن تہٕ اتھہِ انُن:

پننہِ زباٗنٕز ہُنٛد وُسہٕ چار ہاونہٕ خاٗطرٕ تُلَو أسٕ ''اَتھہ'' لفظ۔ کاٗشرِس ادبس چِھ امہِ نشہِ قریباً ہتھ رلہٕ مِلہٕ لفظ بنیاٗمتۍ۔ یِم وُچھتھ پانے چُھ فکرِ تران زِ سانہِ زباٗنٕز اندر چھا کہِ بجہِ تہٕ تھزِ زباٗنٕز ہُنٛد وُسہٕ چار تہٕ تھزر۔

## مصدر:

اَتھ ٹلن ۔ اتھہٕ پھِرُن ۔ اتھہِ اَنُن ۔ اتھہٕ تھُرُن ۔ اتھہٕ مارُن ۔ اتھہٕ وٹُن ۔ اتھہٕ پاوُن ۔ اتھہٕ ترُن ۔ اتھہٕ نیرُن ۔ اتھہٕ ڈالُن ۔ اتھہٕ وُشناوُن ۔ اتھہٕ ژاپُن ۔ اتھہٕ دارُن ۔ اتھہٕ کڈُن ۔ اتھہٕ پرُوُن ۔ اتھہٕ مِلہٕ ناوُن ۔ اتھہٕ کرُن ۔ اتھہٕ مُہُن ۔ اتھہٕ وہراوُن ۔ اتھہٕ ڈٕکھرُن ۔ اتھہٕ پِلناوُن ۔ اتھہٕ ڈلُن ۔ اتھہٕ اکرُن ۔ اتھہٕ پھشُن ۔۔ اتھہٕ پھلِنی ۔ اتھہٕ لیُوُن ۔

## مُرکب مصدر:

اتھہٕ بیہہٕ گژھن ۔ اتھہٕ بند گژھن ۔ اتھہٕ تِلتھ دِیُن ۔ اتھہٕ پھیرتھ گژھنی ۔ اتھہٕ پیٹھ تھاوُن ۔ اتھہٕ کھوٚر کرٕنی یا مارٕنی ۔ اتھہٕ کھوٚر لگُن ۔۔ اتھہٕ کھوٚر روہرٕنی ۔ اتھہٕ لور کرٕنی ۔ اتھہٕ ہاوان گژھن ۔

## حاصل مصدر:

اتھہٕ تھزر ۔ اتھہٕ ڈکھ ۔ اتھہٕ بجر ۔ اتھہٕ بانبر ۔ اتھ پڑھ ۔ اتھہٕ وشفہٕ ۔ اتھہٕ پھش ۔ اتھہٕ چار ۔ اتھہٕ زچھر ۔ اتھہٕ پھنڈ ۔ اتھہٕ تھار ۔ اتھہٕ پھیُر ۔ اتھہٕ روٗٹ ۔ اتھہٕ ساٗر (سار) اتھہٕ شر ۔ اتھہٕ کاوریر ۔ اتھہٕ پِشہ جار ۔ اتھہٕ پوٗریٚر ۔ اتھہٕ زول ۔ اتھہٕ روٗٹ ۔ اتھہٕ شہجار ۔ اتھہٕ گنڈ ۔ اتھہٕ

نبتھ۔ اتھِ وار۔ اتھِ مِلہِ وَن۔ اتھِ واٹھ۔ اتھِ ور۔ اتھِ وُڈھ۔ اتھِ گۆبیر۔ اتھِ موکجار۔ اتھِ واس۔ اتھِ نیتھ۔ اتھِ وَش۔ اتھِ پوَ۔ اتھِ تھانتھُر۔ اتھِ زۆ دیا گۆد۔ اتھِ سگ۔ اتھِ شلکھ۔

صفت:

اتھِ پھۆہر۔ اتھِ تنگ۔ اتھِ پھریوٗڑ۔ اتھِ ژہۆر۔ اتھِ صاف۔ اتھِ کمۆل۔ اتھِ شۆد۔ اتھِ کھۆل۔ اتھِ کھاو۔ اتھِ کایور۔ اتھِ میوٗٹھ۔ اتھِ یار۔ اتھِ نیٚک۔ اتھِ کُون۔ اتھِ چھۆن۔

کیاہ کرِ پانژن دَہن تہِ کہَن
وۄکھشُن ییتھ لیٚجہِ کرِتھ یم گٔے
سأری سمہِ ہَن ییتھ رزِ لمہِ ہَن
اِدِ کیٚازِ راوِہیے کہَن گاو

(لل دیٚد)



# GAMAV MAENZ PHEER PHEER

by

**Prof. Mohi-ud-Din Hajini**

Compiled by

**Ab.Ahad Hajini**

Assistance by

**Ibn-i-Mohi-ud-Din**



Published by

**Ahsan Memorial Foundation**

Sonawari Hajin

Designed by: Jameel Ansari

# GAMAV MAENZ PHEER PHEER

by

**Prof. Mohi-ud-Din Hajini**

Compiled by

**Ab.Ahad Hajini**

Assistance by

**Ibn-i-Mohi-ud-Din**



Published by

**Ahsan Memorial Foundation**

Sonawari Hajin

Designed by: Jameel Ansari